If u have any Confusion
in any way u will Contact
on this Number 9797901640
9419740070.

Thanks

# بنئج کتاب

خواجہ احمد اللہ سوپوری
المعروف خوجہ عمہ

ترتیب:۔ رنجور تلگامی
شہزاد منظور

معاون:۔ شہزاد منظور

کتابہ ہُنٛد ناو ـــــ بٔہٕ ژٕنٛج کتاب

مُصنّف ـــــــ خواجہ احمداللہ سوپوری (خوجہ عمہٕ)

چھپین وٕری ـــــــ سنہٕ ۲۰۱۴ء

خوشنویس ـــــــ قاضی عاشق حُسین سوپوری

مول ـــــــ ترٛے ہتھ روپیہ (۳۰۰/=)

سَرورق محمدؐ یُوسف بچہ ۔سوپور





کِتاب میلنک نیب :-

۱۔ کِتاب گھر، کلچرل اکادمی

لال چوک ۔ سرینگر

شایع کار :- خواجہ عبدالحمید تیلی، شہزاد منظور



سوپوری خوجہ عمہٕ ساد سیۄد
وُنہٕ چھُے پرٲدِن وارٕ وۄیۄد !
پَنہٕ نِمن پران "بنہٕ پنٕچ کُتاب"
بَس گوس تَوے بِلکل خرابُ



# فہرس

# میٲنۍ راے

سرینگرٕ پیٹھٕ لگ بگ پٔنژاہ کلومیٹر دُور کمرازس کُن وٕہتھ
بٲٹھِس پیٹھ آباد، پانژن کٔدلن سان یِمن منٛز کینٛہہ زیرِ تعمیر چھِ، یِتھ
اَندی ٹکو شٔنوبہٕ وٕنہٕ لرِ تہٕ خوش پوٗنۍ بازر چھِ تہٕ وٕہتھ اَپارِ اکھ خوبصورت
جامع مسجد تہٕ یپارِ خانقاہِ معلیؒ، یُس قصبہٕ چہٕ خوبصورتی منٛز ہُرہٕ رچھِ
کران تہٕ مشہور سرو وٕلُر تہٕ چھُ اَمہٕ چہٕ خوبصورتی ہٕنٛز اکھ مِثال قٲیِم
کران۔

کشیرِ ہِندِس تأریخی قصبہٕ سوپورس چھِ علمی، ادبی تہٕ تواریخی لِحاظہٕ
خاص اہمیت، بلکہ تجارتی لِحاظِ تہٕ چھُ یہٕ وٕنکینس مشہور۔ کمراز، زینہ گیر،
رفیع آباد، کرٕوہٕن جایو پیٹھٕ چھُ تجارتک مال اَتہٕ جمع گژھان۔ مشہور
فروٗٹ منڈی یِیتہٕ پیٹھٕ بیرونی ممالکن میوٕ چھُ سوزنہٕ یوان چھُ اَتی۔ یہ
فروٗٹ منڈی چھِ اَمِچ اکھ پہچان بنے مژ۔ یِتینک پوٚٹ چھُ ناماوارتہٕ

میوہ مژدار آسنس ستی ستی شوٗبہٕ دار تہٕ۔ پرانہٕ وقتہٕ پیٹھٕ چھُ کمراز کُٹ
حکومتی شہر لوٗ ہے۔ حضرت میر محمد ہمدانیؒ صابٕنز پاک روح خانقاہ
تہٕ چھِ اَتی۔ عالمگیرنٕ بناوٕنہٕ آمژ بجہٕ مشید ہُندنیب تہٕ چھُ اَتی۔ مگر افسوس
زٕ آسن وٲلی اَسہِ تہٕ چھُنہٕ اَسہٕ یہٕ مشید شیرنس سنبالنس، تہٕ اُتھ ہراونس
کُن کانٛہہ ظوٗنے گوٗمُت۔

سوپور چھُ دراصل سویاپور اوسمُت تہٕ یہٕ چھُ بسوومُت اونتی ورما
راجنٕ سندی وزیرن یمِس ناو اوس "سویا" تہٕ پننِس ناوٕس پیٹھٕ تھوٗن
اُتھ ناو ییُس عام ورتاوٕ کنِ سوپور بنیوو۔

مشہور تہٕ ممتاز صوفی شاعر رحیم صاب سوپوری، عالم دین
تہٕ شاعر غلام محمد حنفی سُند توٗلُق تہٕ چھُ یتھی قصبس ستی۔ سوپرن للہٕ ناوی مشہور
مجذوب قلندر احد صائب پننہٕ کوٗ چھُ منز۔ مرحوم محی الدین گوہر تہٕ واسدیو ریہن
نیچھٕ لوو ییمہٕ قصبُک ناو۔ ہم عصر شاعر تہٕ ادیب غلام نبی جوہر، عبدالغنی مسکین،
محمد امین شکیب، پروفیسر شفق سوپوری، کنول سوپوری ییس علاوٕ چھِ جدید شاعر
شہناز رشید یتھی قصبس منز پننہٕ دود گُل انٛن ژھایہٕ تھاوان۔ مشہور موسیقار
بجھن سوپوری ہنٛز زاجاے تہٕ چھِ سوپرے۔ مشہور خطاط عاشق حسین تہٕ چھ
ییمی قصبکی ہُنر مند۔

اَز چھِ اَسی سوپرکس معروف صوفی بُزرگ تہٕ شاعر احمداللہ سوپوری
المعروف خوجہ عمہ صابٕنز شار سومبرن "بنہٕ رنج کتاب" ہیتھ حاضر۔ ریاستی
کلچرل اکادمی یا کانٛہہ شرہ بو مقامی شاعرو تہٕ ادیبو تُل نہٕ وُنیُتام امی سٕنٛز زندگی

تہٕ ادبی قدوقامت بدِ کڈنہٕ خاطر کاشہ قدم۔ بہٕ چھُس پانہٕ شاعر تہٕ امہٕ علاوٕ چھُم ادب پرنس اندر جاۓ دِلچسپی۔ مےٚ کوٗر محترم عبدالحمید تیلی صابس ستی رٲبطہ میلِتھ خوجہ صابٕنی کلامہٕ جمع کرنس تہٕ شایع کرنس اندر اتھواس۔

وۄمید چھےٚ زِ پرن والی کرن یہ "بندٕپنچ کتاب" پرٕتھ رُوچ اوسوٗدگی حاصِل تہٕ ساینن خامین تہٕ غلطین ہنٛز کرن نشاندہی۔

اخیرس پیٹھ چھُس بہٕ کاشِر زبانٕہ ہِندِس بہلہِ پایہِ ادیب تہٕ شاعر رنجور تلگامی سُنْد بے حد شُکر گزار یمو اَسہِ یہ کام اَند واتہٕ ناونس اَندر پننہِ مولل مشورٕ دِتہ۔

شہزاد منظور

کرالہ ٹینگ سوپور

# ”سوزِ عمہ خوجہ روزِ پتھ کُن عالمس منز یادگار“

خواجہ احمدُاللہ سوپوری المعروف خوجہ عمہ چھُ کأشر صوفیانہٕ شأیری ہندِس نبس پیٹھ اکھ سُہ بڑ بزلہٕ وُن تارُک یُس ہرہمیشہ اتھ گاشراوان روزِ۔ تیٚہندِ رُوحأنی شأیری ہنز خوشبو روزِ تیٚہنزِ حیأتی اندرِ تہٕ ایارٕ پیور کأشر قومُک دِل تہٕ دماغ مُشکاوان۔ اکس قلندر، شأیر تہٕ گلوکارٕ سٕندِ حٔثیتہٕ چھےٚ خوجہ عمنٕز شناخت اَز تام برقرار۔ خوجہ عمنٕز شأیری چھےٚ تمہٕ ہِندِ رُوحأنی مشاہدن تہٕ تجربن ہُند اینہٕ خانہٕ۔ صوفی شأیری مُتلق ہیکہِ نہٕ شخص قلم تُلتھ یُس پانس بنیوٚمُت تہٕ گذریومُت آسہِ۔ یوٚتام کانٛہہ فقیر خدا یا روحأنی گوٚنماتھ کانٛہہ کتھ باوِ یا یہ کینٛژھا سوٚرمُت آسِس تہٕ بازر نہٕ اوِ تہٕ توٚتام چھُ یہ ”سِر“ اما پوٚز پیٚلہِ سُہ پنٕہٕ نین باطنی مُشاہدأتن لفظن ہُند جامہٕ وٕلہِ، سُہ چھُ علمک حصہٕ بنان تہٕ چھےٚ یہ تحریرکس صورتس منز پرن والین تام واتہِ اتھ مُتلق چھ علمی بُنیادس پیٹھ کتھ کرنٕچ گنجأیش نیرِان۔ خوجہ صأبُن کلامہٕ تہٕ چھُ سُہ ”سِر“ یُس بازر چھُ پینہٕ وول۔

خوجہ عمُن کلامہٕ چھُ فنی تہٕ معنوی لحاظہٕ تیوٚتاہ باگہٕ بوٚرُت زِ اگر یہ

تفصیلہ سان اَتھ متلق لیکھہ تہلہ بنہٕ یہ اکھ اَلگ کِتاب۔

کأشُر صوٗفی شأیِری چھےٚ ساننہِ زبأنی ہٕنٛد شأیرِ ادبُک سارِوے کھوتہٕ اہم تہٕ موٗلُل حِصہٕ۔ موٗمن صأبُس پیٚٹھہٕ اَز تام یم تہٕ بہلہٕ پایہٕ صوٗفی شأیِر یم تہٕ بہلہٕ پایکی صوٗفی شأیرو کٲمتی چھہ تِمو منٛز چھہ اکثر گو تِمہٕ نتھ تصوٗفہٕ کہِ حوالہٕ فلسفۂ وحدت الوجوٗدٕ کہِ (PANTHISISM) طرفدار۔ سوٗن تمام صوٗفیانہٕ شأیرِ اَدب چھُ یک رنٛگی ہُنٛد شکار۔ سارِوے چھہ ہوی رمز، اشارٕ تہٕ اِصطلاح وَرتأوی متہ۔ اَمہِ قسمچہِ شأیِری ہُنٛد موضوع چھُ گٔنٛی۔ کینٛژن گو تِمو تن ہُنٛد طرزِ اِظہار تہٕ اَسلوٗب چھُ بدون یمہِ کنہِ تِمن اکھ اَلگ شناخت نصیب سپنٛز۔ نہوجہ عمہ تہٕ چھہ تِمن کینٛژن تام گو تِمہٕ تَن منٛز شمار سپدان یِہنٛد طرز تہٕ یہنٛزٕ لے اَلگ چھےٚ۔

کأشُر صوٗفی شأیِری چھہ ییٚمن لفظہٕ بنٛدِت، ییٚنٛزٕ اصطلاحٕ تہٕ ییٚنٛزٕ بیوٗن بیوٗن مقام یمہِ کنہِ پرنہٕ یا بوزنہٕ سیتی ییٚ چھُ لگان زِ اَتھ شأیِری چھُ ظأہِری حواسَن پیٚٹھ کنہِ بأطنی حواسَن ہُنٛد ڈٕکھ۔ بوزن والین یہ پکہ ییٚژتن یامتہ پییٚژتن اما پوز یہ چھےٚ لوتہٕ مَنس سکون تہٕ روٗحس اَوسودگی عطا کران۔

اَمہِ قسمچہِ شأیِری اندر چھہ، حمد تہٕ نعت پیر و مرشدٕ سندِ ذکرٕ علاوٕ دٕ نیٚچ بے شأئتی، لسانی تہٕ قلبی اذکار۔ روحأنی احوال تہٕ مقامات مثالے ناسوٗت، ملکوت، جبروٗت، لاہوٗت، ہاہوت، علم الیقین، عین الیقین، حق الیقین، حق الحق، فنا فی الشیخ، فنا فی الرسوٗل، فنا فی اللہ، بقا باللہ، روحکی تنزلات، فقر غیب، غیب الغیب، مقامِ محموٗد، کینہہ نہٕ، بیتر چیزن ہُنٛد ذکر میلان۔ پرتھ

کأنشہ گو نماتن چھ پننہٕ پننہٕ آیہ پننٕ مُشاہدہ تہٕ تجربہ دأیرو ومُت۔ ڈٲیو، وُچھو زِ خواجہ احمدُ اللہ کیہہ کنہٕ چھُ پننٕ بنٕ تہٕ گُدرُن گنگراوان۔

عرفانِ الٰہی پرٲوِنہٕ خاطرٕ چھُ پیغمبر اکھ لقایا واسطہٕ آسان، تہندِ عقیدت، اِتباع تہٕ محبتہٕ ورأے ہیکو نہٕ ذاتِ اعلیٰ سُند مأرِفت حأصل کٔرِتھ۔ خوجہ عمہ تہٕ چھ اکھ دامنس تھپھ کٔرِتھ۔

؎ میٚ ہاوتم راہِ ہُدیٰ یا محمدؐ۔ پنٕن زُو بہ کرٕ ہے فِدا یا محمدؐ

○

ربی فرموونے غأبی نِدا گو و۔ نبیؐ آو عالمس پیوٚو خاص پرتو

کُنہ تہٕ منزِلس پیٚھ واتنہٕ خأطرٕ چھےٚ وتہٕ ہاوِ ہنز ضرورتھ۔ رہبرس ورأے چھُ گُمراہ گژھنُک اندیشہ۔

؎ بے پیرٕ پیرٕ چھی گردِ آبس۔ یُدوے آسہ بیدار
بے پیرٕ دلگیرٕ غفلت خابس۔ حالِ نوود بہ چھی گرفتار

عأرف چھُ پننہٕ وجودکہ وساطتہٕ واجب الوجودس تام واتنک سنز کران۔ رلولہ کِس اکھ سفرس اندر چھ ذِکر تہٕ فکر تنند زادِ راہ آسان
سُہ چھُ پننہٕ وجودِکِس ظلماتس دارٕ برٕ ترٚوِپرٕکھ اکھ اندر اژان۔

؎ ہفتہٕ دٔرٕ ترٚوِپرٕکھ اژھ ہفت خانس
تھپھ لاے موجودس تے!!

سوپوری عمہ خوجہ ژامٔت وجودس

دژامٔت از دٕستے

پرتھ کُنہ مذہبُک روحانی نظام چھُ یمہ کس شرعی سُتھرس پیٹھ اِستادٕ
آسان ۔ بُہ چھُ کلمہ پرِنس ستٕے ستی کلمہ سرُنک تأکید کران ۔ امہ خاطرٕ
چھُ سُہ شریعت بُنیاد زانان ۔

پٔر بندٕ سٕر کر لاالٰہ اِلاّاللہ　　سپد کھ اذٕ بازائے
پانٕہ مَنزٕ وُچھہن پان
پالتو شریعت سپٔدے اُصلیچ وَتھ　　گوڈٕ کر منہٕ سٕر سِرٕانے
طریقت دوٚن چھُ یکسان

اَتھ صوٗفیانہ وَرٕتنس اندر چھِ تمہٕ شریعت پتہٕ ییہٕ والین مقاماتن ہُنٛد
ذِکرِ تہٕ کوٚرمُت ۔

خوجہ عمہ چھُ پنہٕ کُنہ سٕر کرنہٕ خاطرٕ ژھرِ کٔھتن پیٹھ یقین تھاوان ۔
سُہ چھُ ووٚن دِنس تہٕ ظوٚن تھاونس پیٹھ زور دِوان ۔

ووٚنے دیُٛکُنے ویدہٕ وُچھہٕ ہَن عیانے
چھوٚنے شور و غوغا مچاوُن روا چھا
وُنُن چھُم پٔنُن زخم سینے ژٕ کُن تھاو
سروٚرِ عشق ژوٚرِ تھاوُن روا چھا

خوجہ عمہ چھُ کارٕ وول سالِک ۔ سُہ چھُ پننہٕ کارُک اِشارٕ عددی اصطلاحن
اندر ییتھ کنہ دِوان ۔

ذاتَس ذراتَس دلیوٗ ژٕ ووٚن ! ! !
ژٕوٚن نِش چھُ دوٚن ہُنٛدیُن گرٛشھن !
راتَس دوٚہَس ساتَس نہٕ ٹھَکھ
دَے سَرِتہٕ عینی دَے بُنکھ

ؔ

دوٚن ہُنٛد چھُ اَکھ سوالہٕ    تڑٕہن شیٚن سَتن چھُ راکھ
نوٚن چھُ ارداہ ناِلہٕ !    کمیوٗ زالہٕ وَلنٛے آکھ

ژُ چھ اکس وَژنَس اَندر اَلفہٕ بیٚٹھؠ ی یَس تام حرفی اِصطلاحن اندر پیٚنٛز کَنٛھ بأوِمژ۔ اَمہِ وَژنُک گوڑُت چھُ ے

اَلِف چھُ اللہ ب، بَرحق    ت، گوٚ وَلتوٗرے عشقہٕ سبق !
"ث" گوٚ ثابت دوٚن عالَمَن    بوزکھے سوخنن وارٕ نھاوکَن

عشقہٕ کِس موضوعَس چھُ ساہِبو شاعرو پنٕنہ پنٕنہ آیہ ووٚہ کھنٛتے کرِمژٕ۔ عارف چھُ پرٛزٕ کِس پرٛزرَس تہٕ عشقے وَنان۔ "العشق ہُوَاللہ" تہٕ یِہوٚ ہے چھُ مُدعا تہٕ مقصد۔ اَکھ عشقہٕ کِس سرَس چھ خوٚجہ عمہ ییٚتھٕ کنٛز دآیراوان۔

زٕ بیَٔ عشقُن مے ہیوٚ و پانَس    وُنہٕ کیاہ زانہٕ بے زانَس
کُنٛٹھِتہٕ اوسُس بِہتھہٕ پانَس    ژٕتِھہٕ کڈ تھَس گرے عشقو

ہتو میانہٕ لالے۔ رٹِھتہٕ زورٕ نالے۔ تٔتی ییٚتہِ ساری سمن میانہٕ عشقو

پرتھٕ چھُ اوم، پرتھٕ چھُ "سو"    پرتھٕ پریمس ہا واں رُح

پرتھٕ قالب برتاوان

پرتھٕ اُلفس لِش گوو نوّن    پرتھٕ لامَن میمس ووّن

پرتھٕ دوّن گوو کن یکسان    شِو شِو شمبوٗ ہے بگوان

خوٗجہ عمہٕ نِہٕن صوٗفیانہٕ وٕژنن چھِ غزٕلچ لطافت جوش تہٕ جذبہٕ۔ سُہ چھُ پننہٕ منٛج تیٚہہ تہٕ حُباب ژھٕٹنہٕ خاطرِ عالم ظاہر بیٚنِھ لفظٕ راش انان۔

ے مَس گوو مئے ساقی دِتھ شراب

بَس گوس توٚرے بِلکُل خراب

رَس لوٚگ مئے کھیتھ پنٕنی کباب

بَس گوس توٚرے بِلکُل خراب

دَندموٗخنہٕ دُردان لب شکر    وُنھٕ برگِ لالَے کنھہ مہٕ کر

بولہٕ وُن چھُ زنہٕ بھولہٕ وُن گولاب

۵

ہم وَزن تہٕ ماری موٚند لفظٕ بنٛدُت چھُ تسٕندہٕ وٕژنَن میچھر تہٕ روانی عطا کران۔

بہٕ چاونَس ساقیَن لوٗکھ شراب آہستہ آہستہ

کھیوان بُزی بُزی بہٕ چھُس پنٕنی کباب آہستہ آہستہ

زوالس ستی کوٚرُم اُچھ میثُل    کمالَس کئی کوٚرُم توسُل

سوالَس تَس دیتُم بِلکُل جواب آہستہ آہستہ

ہیوٚچھُم خود محرمن نِش کار　　　　رٚوچھُم دٚرمٔن منٛے سُئے اسرار
وُچھُم اَدٕ پاپہٕ دٔر دٔربار !　　　　جناب ؔ آہستہٕ آہستہٕ

تَتِھنٕز حیاتی اَندرے پزاو تمہٕ سِندی کلامن عوامی شہرتس پیٹھ زبردٔس مقبولیت۔ تِہندین کینژن نظمن تہٕ غزلن ہنٛز مقبولیت چھُ اَز تام برقرار۔

ے ہے ویسِیہ میوٚن دلبر　　　　یَس پہٕنٛز روٗم لوٗکھ پار
صوٗرتھ تہٕنٛز مولوُم کر　　　　تَس چھِ میوٚن ہیوٚ اَنہار

ہ

دوٚیمِس لاگو یاَری !　　　　کرِ ہا بہٕ تمہٕ چی تیاَری
دوٚیم گوڈٕ تراو ساَری　　　　اَدٕ کرِ یمہٕ کٔھتہٕ اِظہار

ہ

دوٚیمِس بہٕ ساوے کرِ پان　　　　یُدوے چھُ اَسہٕ دوٚن یکسان
دوٚیم تٕرما چھُکھ نادان　　　　نہٕ چھا اَسہٕ دوٚن دوٚگنیار

ہ

باَلی وٚنتے مارٕ مُنٛتس !　　　　کرِ منٛے سٔتی اَصالتھا
ژھِٹہٕ فساد بنہٕ صلاح　　　　کرِ ترٔژھے وٚکالتھا

ہ

بنُن گدُرُن سیر پنُن　　　　گرٕژھہٕ ہرگز غاَرس وٚنُن
یا گرٕژھہٕ تتہٕ کینہہ چارٕ بٔنُن　　　　نتہٕ دٔرہٕ چ رفاقتھا !

وَنہِ سوپوری عمہ خوجہ ترٛشر !　　اَنہِ لوٚکن ضرورٕ مٔژر
دَرِیدوٚے عالمَس اندر　　کرِ برپا قیامتھا

٥

تہنٛز اَکھ نظم چھےٚ یتھ اَندر شہدائے کربلاہن ہُند ذکر چھُ۔ اَز برٛونٹھ کینٛہہ وٚری آسہِ زنانہٕ گامہِ گوم ڈٔری گنٛڈتھ ماہِ صیامَس اندر اَتھ ووج دِوان۔ اَمہِ اَندرٕ چھےٚ کینٛہہ شار یتھے کنۍ۔

اِمام زادٕے کرٕی شہید یزیدَن تےٚ
تہندِ دادے ووٚد زمینٕ آسمان نتےٚ !

٥

نورانہٕ تہندے گیٚنڈٕ ژٔجی دوٚن عالمن تےٚ
تَتھ نوٗرٕ منٛزٕ یس گوٚر کوٚر نے معبودَن تےٚ
حسنؓ تہٕ حسینؓ زوٚن اَسی منٛز تارکن تےٚ
نتہٕ کوہ تلہٕ اوٚس کلہٕ کوٚڈ مُت افتابَن تےٚ

اَتھ نظمہِ اَندر چھےٚ واقعہٕ نِگاری تہٕ منظرِ سہل تہٕ رَواں لفظن اندر ووتلاوِتھ۔

یتھٕ عارفہٕ سِندِس دِلس پیٹھ تجلائے حق چھُ پیوان تَس چھ پرٛتھ طرفہٕ حقے حق لبنہٕ یوان۔ یتھٕ کنۍ رُود قطرس سمندرس منٛز پیٹھ پننُن پان سمندر چھُ باسان تتھے کنۍ چھُ توحیدکس محیطس منٛز ہینہٕ یتھ عارفس پننُن پان عالمِ اصغر بجائے عالمِ اکبر باسان۔ اَتھ استغراق تہٕ

سُکہٕ کِس مقامس بیٹھ چھ صوفیو پنُن پان حق تہٕ مختار آسنک دعوٰی
کوٚرمُت۔ خوجہ عمہ تہٕ چھُ اُتھی حالَس منز وناں ے

شو ہیتھ بیہتھ چھُ شیطان
اُکسے گرس بیک آن!
ماو ڈنڈ ترٕ کرِتھ پرمان
لوٚلان سُہ یِم چھُ مینٛنِش

مُوسیٰؑ بہ ہاو مےٚ داوٗدؑ عیسیٰؑ زندے چھُ موجود
محمدؐ حبیب معبود! تھاٲوِتھ قدم چھ مینٛنِش

خوجہ عمہ چھُ پننین روحانی قاعدن وُکھر زبان تہٕ انداز دِتھ
داٲیراوان۔ عام پرن والین چھُ امہ کِس مانیس تام واتنس اندر
کھٲری پوان۔

اُنی دوٚپ مےٚ تہٕ وُچھ پانے لواب
کاُنی تَس کوٚر نے لوٚرے جواب
تاُنی اوٚن یاُعام موزوٗرن!!

کٲڑی دوٚپ کجرس منز چھُ ثواب
زری کوٚر بوزِتھ سخ اِضطراب
نبیٖہہ نیٚ وٚلی کوٚرتھ جامن
گرنِش سرٕ کرکیشاہ گوو ظوٚن

نہٕ چھُ تتہٕ کلمہٕ نہٕ چھُ تتہٕ کلام
نہٕ چھُ تتہٕ کُفرٕ بے نے اِسلام
نہٕ مِلتھ مذہب شام صُبحن!

عمہٕ خوجہٕ نہٕ شاعری اندر چھُ اخلاقی عنصرٕ تہٕ نظر گژھان۔ یہندِس کلامس اندر چھ باہمی مِلہٕ ژار، عام محبّت تہٕ اخوتُک پأغام تہٕ۔

دوستا نہٕ تھاوُن پَرٕ اِنسانس!
دُشمن کھیشاوُن پانس سیتی!
دَر حدیث وُچھ نبیؐ صابَنس بیانَس
میُل گوم دِلہٕ کُس ترانس منز!
ژٕ تورٕ دوٚہم پرتہٕ پان! ہیُو ونداینس ژٕلی کھے
اِدہو بنی نارس گُلزار
غایبھ موکر غایبھ کرِنی چھے جاہلَن ہندٕ بے کار!
کھو چھُکھ لُکہٕ ہُند اُشراں گُنزراں جاے اُسی در نار

خوجہ عمہٕ صابَن چھ کأشر قومچ سیأسی بے چینی تہٕ اضطراب وُچھمُت ظلمس تہٕ جبرس خلاف چھ اُمس قلندرٕ سُند یہ مشہور شہر آشوب اَز تہٕ لُکن ژہتس۔

سِلاح سامانہٕ گُنڈٕ گُنڈی ییرا! دِلاوَر زور وارَن منز
مَرُن بہتر ڈرُن گژھہ تا بندوقن تلوارن منز

گوبھن ژاے شیر ششدر شرژز  توَے ہیوت شالہِ وِے مَس چیون
پشزہ بوہیوت حُکمہِ تَز لاگُن  وَرِنہ کھِن دیوارَن منز !

خواجہ احمدُاللہ صأبنہِ شأیری ہُنٛد مُطالہِ کرِتھ چھُ نناں زِ تمو چھ کلامَس اَندر تِم کأشری لفظ تہِ اِستعارِ وَرتاوی متی یِم نہِ اَز کل وَرتاونے چھ یوان۔ تِہنٛد تمام کلامہِ کُنہ وَزنہِ نِظامس تحت نہِ آسنہِ باوجود چھ بیٛنز اَکھ لَے تہِ آہنگ ہیٛتھ۔ تِم اَسی موسیقار تہِ گلوکار تہِ۔ تِمن اوس زیروبمُک علم تہِ اَوِکنۍ چھُ تِہُنٛد اکثر کلامہِ یَد اوٚک طرف ترٲوِتھ پأنۍ پانے کُنہِ نہِ کُنہِ وَزنس سِتۍ فِٹ یوان۔

مےٚ کوٚر نہِ یِتھ تبصرس اندر تِہنٛز شأیری ہیٛتھ پورِ پوٚر تنقیدی تبصرِ تِکیازِ یہِ کتاب پَرن وألۍ چھ عام لُکھ نہِ مےٚ کوٚر صِرف پَرن والین اندر یہِ کتاب پرُنُک رغبت پأدِ۔ بہِ چھُس پننہِ بنس عزیز مکرم تہِ جواں سال شأیر شہزاد منظور صأبنۍ شُکر گزار یِمو مےٚ خوٚجہ عمنہِ کتابہِ ہُنٛد یہِ مسودِ پرُنُک تہِ اَتھ متعلق راے دِنُک موقعہِ دیُت۔ مےٚ چھ وومید زِ پَرن وألۍ کرن یہِ " بنہِ رنج کتاب" پٔرِتھ رُوحأنۍ اوسودگی حأصِل تہِ یہِ کِتاب کرِ سأنِس صوٗفیانہِ اَدبس منز موٗلُل اِضافہِ تہِ صاحبِ کِتاب ہِشزیہِ یادگار پوشِہ یِتھ قومس اندوند۔

سوز عمہِ خوٚجہ روزِ یِتھ کُن عالمس منز یادگار
بوز ہر کانٛہہ اوسمُت کیٛتھ زندہ دل دیوانہِ اوس

نقشبند کالونی تِلہ گام پٹن  طالبِ دُعا  رنجور تِلگامی
۲۴ اکتوبر ۲۰۱۱ء

# زان

خوجہ عمہٕ چھُ کأشرِ صوفیانہٕ شأیری ہندِس نبہٕ دُندِس پیٹھ
پرٕ بزلوٕنہٕ تارٕ گکھ پأٹھی۔ أمِس پایہٕ بڈِس صاحبِ دِل گوُ نمانہٕ سُنٛد
اصلی ناو چھُ خواجہ احمدُاللہ تیلی۔ یہندِس باپہٕ صاٮ۪بس اوس ناو
خوجہ اُحد تہٕ ماجہ اوُسُس ناو عزیز دیدٕ۔
خواجہ احمدُاللہ زاے ۱۹ جنوری ۱۹۰۹ءسنہ اندر سوپرٕ آرم پورٕ۔
نزدیکی ژاٹہٕ ہالس منز کٔژ تام جمأژ پرٕنہٕ پتہٕ ہیوٚک نہٕ پننٛ تألیم جأری
تھأوِتھ۔ ییٚلہِ تِم داہ وُہری وأتی تِمن بڈے یہٕ گیونس ستی دلچسپی
تِکیازِ تِم أسی پانہٕ تہٕ مٔنزی مٔنزی گیوٚن لٮ۪ہراہ تژاوان۔ ییٚلہِ کُنہٕ جایہ
گیوٚن آسہِ ہانتِم أسی لوٗر گیوٚن بوزنہٕ خأطرٕ گژھان۔ دیان اکہِ دوٚہہٕ
آو یہندِس مجلسس اندر کُس تام خدادوس کتھ تام گرِس منز تہٕ گیوٚن
مجلس آراستہٕ سیدن واجِنٛ أس۔ خواجہ احمدُاللہ گوو شُری پأٹھی دوٚہہ
لوٗ سۭتھے تہٕ بیوٚکھٕ اِنتظارس زِ گیوٚن کرٕ لگہٕ۔ اَمہِ گرِکی خانہٕ دارٕن شیری

شُری گرٕ گَڈھِتھ تہٕ اَکھ ستین کوٚڈُکھ خواجہ احمد اللہ تہٕ گرٕ نیبر۔ یہِ آو
واپس گرٕ تہٕ پانٔژن دوہن کھیوٚن نہٕ اَکھ دوکھس منز کہنہٕ۔ اوہٕ پتہٕ چھہِ
یِہنٛزِ ماجہ بیان کوٚرمُت زِ پانٔژمہ دوہہ آو حضرت خواجہ معین الدین
چِشتی اجمیری رحؒ اَمِس داہ وُہرِس لٔڑکس خابَس اندر تہٕ ووٚن اَمِس۔ "وو کھ
نیر تہٕ گرٕ ژھ"۔ اَکھ وقتَس اندر اوس مشہور چِشتی سِلسلُک فقیر ژوگلِنیک
جمال صاب گوٚر۔ دَیان جمال صاب اوس خواجہ اجمیری صابُن زبردست
عاشق تہٕ خواجہ احمد اللہ گو ژوگُل جمال صابَس نِش۔ یِتھہِ کِنہٕ چھِ مولوٗم
سپدان زِ خواجہ احمد اللہٕ اَسی چِشتی سِلسلکی پٲروکار۔ اَمہ پتہٕ لٔج جمال صابنہٕ
رہبری سٟتی احمد اللہ صابَن دِلہٕ کِس ناگہ رادِس وُزٕنی تہٕ یِمو ہیٚژ شار کوٚیی
کرٕنی۔ تہٕ خواجہ احمد اللہ تیلی یَن وَرتوو پنُن تخلّص اُلفت۔ اَکھ تخلّص
تَحت چھپے یِہنٛزِ وارِیاہ لوکچہ کِتابہٕ۔ مِثالے پیامِ اُلفت، رِسالہِ دِل،
عشقہٕ باغ بیتر۔ اُلفت تخلّص اوٚک طرف ترٲوِتھ تہٕ پتہٕ صِرف یِہنٛزِ
شاعری منز خوجہ عُمہٕ تخلّص ورتاوُنک اِشارٕ چھہِ یِمہ شارٕ تِلہٕ ننان۔

اُلفت چھُہ سوٗرُک بقال
نامی چھُہ خوجہ عُمہٕ دَرمِثال

پیاراں تمِس گوو کوٗت کال    دیدارٕ سے دیدار سے

خوجہ عُمہٕ تخلّص وَرتاوَن وٲلی اَمی دوست خدایَن کٔر سُبھٹاہ لوکچہ
وٲنسہٕ منز شاعری شروع۔ یِہندی مٲلی ماجہ کوٚر اَمِس راجوار ہندوارِ نیبھر
خانہٕ دارنہٕ اوسُس صاحب دِلہ ناو۔ اَمہ پتہٕ کیٚتھہ کالاہ گٔژھتھ کوٚر خوجہ عُمن سوپور

آرم پورِ اَکِس آشناو موٗنڈٕ ستی نیچھِریس عشقٕ دیدٕ ناواوس ۔ اُمِس زنانٕ ہنٛدِ مَرا اُسس عبیدہ ناوی کوٗر ۔ یہ کوٗر اُس ترٛین رتن ہنٛزٕ تہٕ خوجہ عمہٕ ژۄل پاکستان ۔ اَمہِ ساتہٕ اُس خوجہ عمنٕ واٮ۪ٹھ الہِ پلہٕ ارتزہ وٕری ۔ عبیدٕ ناوٕچ یہ کوٗر چھ وُنہ حالے حیات تہٕ یہ چھ پٮ۪ٹھ علاقہٕ کِس نیورن گامس اندر باگہِ آمٕژ ۔ کشیر اندر یٮ۪نہٕ وانٛسہ ہندی ارتزہ بہار چھاوان چھاوان تُیس صوٗفیانہٕ کلام رتمولیوٗ کھمُت چھُ تہٕ کوٗر سیٹھاہ محنتہٕ پیتہٕ تمن لُکن نِش حاصِل یمن نِشن یہ تحریری یا سینہٕ بہ سینہ موجود اوس ۔ یمن اندر تہند کاتب بہرہ بیٹھک سبحان ڈار تہٕ شامِل چھُ ۔ یہ اوس شیر کالونی سوپرٕ روزان ۔ یہنٛزٕ حیاتی دوران آیہ ترانہٕ سوپور پیامِ اُلفت ، عشقہٕ باغ ، رسالہٕ دِل شایع سپنٕ مژٕ ۔ وُنہ تہٕ چھُ واریاہ کلامہٕ راوِس تل ۔ تِکیازِ تُیس کلامہٕ تمو کشیر نیبر مظفرآباد تہٕ پاکستانس اندر ووٗن یا لیوٗکھ تہٕ چھپنہٕ دُسی یا بے ۔

یتیس کالس خوجہ عمہ کشیر اندر رُودی تم رُودی مختلف علاقن منٛز گرٛزھان تہٕ یٮ۪نہٕ نین مریدن تہٕ طالبن سلوٗکچ تربیت کران ۔ خوجہ عمہ اُسی اکثر گاندربل ، کرٛوٗہن لنوپوٗر ، کھچھو مقام ، ژندرسیر ، تلہٕ گام ، سرو ڈانگر پوٗر ، ہندوور بیترِ علاقن منٛز تہٕ گرٛزھان ۔ گاندربل اُسی تم شعبان صابنٕ سولہری ہنٛدِس گرس منٛز گرٛزھان ۔

خوجہ عمہ صابس متعلق یمہٕ کینٛہہ واقہٕ میٚے بوٗزی تمن ہنٛد مۄختصر خلاصہ چھُ یتہٕ کُنٛز ۔ دپان اَکہِ پھِر اوس خوجہ عمہ ڈلس اندر یٮ۪نہٕ مرید کیٛو

دہر باج ہیتھ ڈٖنگس منز نزدیکے اوس بیٚیس ڈٖونگس منز صوفی شاعر
اَحد زرگر صاب ۔ یِمہ اَحد صابن بوٗز زِ خوجہ عمہ چھُ میٚنی نزدیکے ۔ تمو
سوٗزی پننہِ زٕ مُرید یِتہٕ دوٚپنکھ زِ خوجہ عمس ڈٖیوٗ اَسہٕ نِش یُن"۔ خوجہ
عمس نِش یٔیلہ یم نفر شیٚچھی ہیتھ آے، تمو دوٚپس کیہہ پرواے
چھُنہٕ ۔ اَسی یمو ۔ اَما پوٚز یہٕ کاغذ سِلپ نِیو سٕتی یِتہٕ اَحد صابس ڈٖیوٗ یہ
آبس منز ترٛاوِ نی۔ دپان یُتھے اُمو مرید و اَحد صابس یہٕ شیٚچھی ووٗنی یِتہٕ کاغذ
سِلپ دِژہس، زرگر صابن ترٛاو یہ آبس منز یِتہٕ یہ سِلپ ڈٕراو خوجہ
عمہٕ نِس ڈٖونگس کُن یِتہٕ اَحد صابن ووٚنکھ "نہ با، غلط گوو" اَسی پزٕ ہے
تَس نِش گژھن ۔ اَوپتہٕ گوو اَحد صاب زرگر عمہ صابنہٕ مجلسہ اندر۔

دَپان خوجہ عمن اوس اَکھ ہوٗن روٚچھمُت ۔ یٔیلہ یِتہٕ کانٛسہ مرید سٕند
شب آسہٕ ہے کرُن ۔ یہ ہوٗن اوس اُتھ گرس خوجہ صابنہٕ ینہٕ بڑو ٹھٕکے
پانے واتان ۔ یمہٕ یاتھٕ اوس صاحبِ خانَس فِکرِ تران زِ فقیر واتہٕ
ضرور۔

یِتھے کِنہٕ چھُ اَکھ واقعہ زِ اَکہِ دوہ ہیوٚ اوس خوجہ عمس گاندربل گژھن۔
یٔیلہٕ سُہ تارٕ زوٗ شاہ عزت صابنہٕ بوٗنہ نِش ووت، بُتھہ پیوس تارزونگ
عزیز راتھرٕ ناوی درویش ۔ خوجہ عمن ووٚنس "اَلسّلامُ علیکم عزیز راتھر
گرٕ وُچھمے لوگمُت نَوٚ دٕیے یاتھر"۔ دَرجواب ووٚنس عزیز راتھرن، "وَعلیکم
السلام عمہ تِیلی، ڈٖوکھ کینٛہہ یِتہٕ رٕوٚدی نِیلی" اَمہ پتہٕ گوو عزیز راتھر
کھوئی بنڈٕ پوٗر یِتہٕ خوجہ عمہ گوو گاندربل ۔ اَتھ راژ اندر گُذریوو عزیز راتھرس

پتُن جواں نیچو۔

اَکہِ پھِر اوس خوجہ عُمس کھچھو مقامہٕ أکس گرِ سندِ دعوت۔ تمیٚ ووٚن صاحب خانس "نیر ختم شریف پرٕناوتہٕ محلہٕ وأل کھیاوُک بتہٕ۔ بہ ولے تےٚ ژِیری پھِن۔ مرید ووٚتھُس "لوٚ ہیہ ستی کرٕژ لفر آسن؟" خوجہ صأبن ووٚنُس "لفر وُہ مرٕ آسن" وَنہٕ چھُ یوان زِ یِیلہِ خوفتن ووٚت خوجہ صأبن تُل پتُن مرید تہٕ کأتِب سُبحان ڈارٕ ستی تہٕ زٕ لفر گے کھچھو مقام۔ مریدن ووٚنُس "ہتہٕ حضٕ، لوٚ ہیہ حضٕ ووٚلو بتس ژورِ یا پانژہ تراہ لگن تہٕ اَلہِ پلہٕ آسوأسی وُہ لفر، تم کتہٕ چھِ؟" خوجہ عُمہ ووٚتھُس ژٕ کھیاوکھ ساری گوڈٕ بتہٕ۔ وازس وَن پتہٕ مےٚ تہٕ سُبحانس کرٕژ اَنُن تہٕ پانس۔ یمو ژیٚیو یِیلہِ بتہٕ کھیوٚن ہیوٚت، سورُے واز وان سیُد ختم۔ وازن گنڈٕ ٹلس گلیٚ تہٕ عرض کوٚرنس مےٚ دِحضٕ مأفی اگر غلطی آسِم گمژٕ۔ صاحبِ خانن ووٚن وازس "غلطی چھےٚ میأنی" اَدٕ پتہٕ ووٚننس خوجہ عُمن "اسہِ چھُ کھینہٕ وأل ستی آسان، ژےٚ کتہٕ یِنےٚ اَکھ"

بہر حال بہتہٕ کنی مےٚ عرض کوٚر زِ خوجہ عُمہ گو و ۳۸ ؤری یہ وأتسہِ منز پاکستان۔ أمِس قلندرس مُتلق اوس صوٗفی شأیِر رٔحیم صأب سوپوری بڈٕ و نٮ۪ھٹے پیشن گوٗئی کرٕمژٕ لتس اوسُکھ ووٚنمُت زِ لوٚ ہیہ پتہٕ کُس فقرا ووٚتھ۔ تمو ووٚنکھ "یِینہِ تی میأنِس مجلس اندر ووتھ اَکھ فقیر خدا مگر سُہ نبا دِر یِینہٕ۔ خوجہ صأبن اوس پانہٕ تہٕ اشارٕ دِیُتمُت

یہ سوپوری خوجہ عمہ گھے مشز یدن گوو
گھے دریمن گوو گھے در مدینہ
سوپور ترائو وتھ بہتھ سرحدن گوو
بدن نار زولتھ روٹھتھ کیاز یکنے

پاکستان وائتھ کوٚر خوجہ عمن تتہ بیاکھ بنیھر۔ کینہہ کال گزرتھ
آوُ بنیہ کشیرِ ہتہ ییتہِ بجُنی پینز راجوار ہند وارچ گوڈنچ زنانہِ تہ تُند
نیچو تہ گوو مظفر آباد تہ تتہ رُود سُہ ریڈیو ترال کھل کشیرِ س منز بحثیتِ
گلوکار گبوان۔ یہۃ کنز رُود خوجہ عمہ پینہ نین روحانی مشاہدن تہ تجربن
ہُند موٗدر مَس میچھ آوازِ ستۍ اپار پیور کاشرس قومس چیاوان۔
مظفر آبادِ بیہتھ گوو سُہ پتُن ٹبر ہیتھ راولپنڈی تہ تتی سیدی
۷ جولائی ۱۹۸۴ء واصل بحق۔ اِنّا لِلّٰہِ وَاِنّا اِلَیہِ راجِعُون۔
خوجہ عمُن یہ کلامہ جمع کرنس اندر کمو مرحلو منزی ییوو مےٚ نیرُن
اگر یہ تہِ سورُے بیان کرِ تیلہ بنہ سُہ اکھ الگ کتاب۔ کانہہ کانہہ
کلامہ یُس یہ ولی ولی کاتبن نش نوان اوسُس اگر تتھ بیان کرن وٲلی
اوریور نو قطِ پھیریا ہیر پھیر کرمژ آسہ ہے سُہ اوس ہنگہ منگہ کاتبس
راوان، پتہِ اوس مےٚ ہنگہ منگہ بدل کانہہ لفظ سمکھان یُس اکھ صحی
پاٹھی بیان اوس کران۔
یہ چھُس پانہِ مُلہ تُلہ گبون وول تہ صوفی شاعری سو دِلہ منہ
للہ ناوان وول تہ خوجہ عمُن کلامہ گنگراوُن اوس مےٚ لوکچارِ پیٹھے خوش

کران ۔ بہ چھس سیٹھاہ مشکور مرحوم و مغفور پروفیسر غلام نبی آبجہ صأبُن یمَو مےٚ خوجہ عمُن کلامہٕ سو مبراونٛک تہٕ گبونٛک حبس دیُت۔ بہ چھُس اَمہٕ علاوٕ جناب حمید اللہ حقانی سویہٕ بُگ ، عبد الجبار ریر ے کرالپورہ ، محمد عبد اللہ تیلی ، حبیب اللہ ڈار مہاراجپورہ سوپور تہٕ خاص پنٕنہٕ ماجہِ فرض دیٚدِ ہُند احسان مند یموٚ مےٚ وِزہ وِزہ یِتھ کامہِ منٛز حوصلہٕ دیُت تِکیازِ میأنی مأج أس پانہٕ تہٕ چستی مسلکچ پأروکار۔

أخرس پیٹھ چھُس بہ جناب شہزاد منظور صأبُن لُس کرالہٕ ٹینگ سوپورٕ چھُ بسان ، نہایت شُکر گزار یمَو مےٚ زبردس ہمتھ تہٕ حوصلہٕ دیُت تہٕ یہِ کأم اَنٛدواتناونہٕ خأطرٕ رُودُم پَتےٚ ۔ بہ چھُس تصوٗفکی رموز زانَن وألس معروف شأعرٕ تہٕ مُفکّر جناب رنجور تِلگامی صأبُن تہٕ ممنون یموٚ یِتھ کتابہ ہِندِس شیرنس سثبالنس اندر مےٚ مشورٕ دِتی۔

مےٚ چھِ وومید زِ یہِ کِتاب کرِ کأشر زبأنی ہِندِس صوفیانہٕ ادبس بٔرژر۔ اگر یِتھ اَندر کانٛہہ خأمی یا غلطی آسہٕ رُوزمٕژ مےٚ گژھہٕ تمِچ نشاندہی کرنہٕ یِنۍ۔

عبد الحمید تیلی
بارغِ اسلام
کرانکشیون کالونی ، سوپور

# خاکس جان دیُتنے

حمداہ دَپ تو تَس ذاتِ پاکس    خاکس جان دیُتنےَ !
آدم رو یے کوٗر سمےٚ دیدار

کُن اوس نوٗن وڑاو دَرلباس میم ژاو    محمدؐ پاۓ کوٗر سَنیے
نبین منٛز چھُ سردار

نوٗرِے چھُ ہیٚرہ تَے نوٗرِے چھُ بوٗن    تاباں سَے دَر سَپیے!
ہَر شیٚیَس سُے چھُ اِظہار

کٕنہٕ بوز شب روز سوز میٚتہٕ بُوزُم    امہ ہا سوزِ چہِ سَیٔنیے
ڈٕہتھ نیٔوٗنَس یکبار

ہَمِہ نے بہٕ گیوس تَس کلوٲلس    چاٲونس معرفت موٕیَے
بَدنَس سینیوم اسرار

ژُمہِ تورِ دۆہنم پرٛتہٕ پان ہیو وہنڈُن أیِٚنس ژٲلِ کھیٚے !
اِدٕ ہو نارس بنی گُلزار

سو پوری خوجہٕ عَمہٕ لَس کران مرحبا یُس پکہٕ اَصلچہٕ پیٚیَے !
دیدن تَس چھُ دیدار



# سپدکھ اَدِ بازانیۓ

پَرَ بنہٕ سِر کر لا اِلٰہ اِلا اللہ    سپدکھ اَدِ بازانیۓ !
پانہٕ منز وچھن پان !

گوڈٕ آو یہِ دَم اَدِ آو آدم    منز تروونس نورانیۓ !
اَدِ ناو پیوٚس اِنسان !

تمہِ نوُرٕ حضرت محمدؐ لوٚدنے    نبین منز چھُ تھدِ شانے
کھولُن پیٹھ لامکان !

پال توشریعت چھےٚ اَصلِچ وتھ    گوڈٕ کر مَن سرانیۓ
طریقت دوٚن چھُ یکسان !

حقیقت زان دوہٕنونی دِیدن    بروشہٕ کنہٕ چھی عیانیۓ
معرفت وٚصل گُل زان !

فنا فیِ شیخ نِشہٕ سورُٕ ےٚ ؤسیٖ پیٚوٚم بلکل گوم نیٚیا نیٚۓ<br>
پانَس رُودُم نہٕ دیٖان!

فنا فی رسول ؐ نِشہٕ فَناہ سپدُس فَنہٕکہٕ واوٕ طوٗفا نیٚۓ<br>
نوح ؑ تتہٕ چھی راوان!

فنا فیِ اللہ فقرُک صِلاح بقاہ چھُس تاجہ عرفانٕے<br>
حقُ الحق سَپدان!!

ہَردَم لَے کر الفس تہٕ لامس میمس عتی کھاو زانے!<br>
پالہٕ کھے بس چھی یُتے فرقان

ئہر کر سوپوری خوجہ عَمہٕ چھی وَنان! ہر ذرٕہ مسلحہٕ چھُ پانے<br>
بَس کرتس عتی زان!



# دیدو کوٚرُم دیدارے

بوزتو دلالت اَز وجوٗد وحدت — دیدو کوٚرُم دیدارے
عاشق معشوق آو دَر محبّت — آدِ وُچھ یارَن یار !!

بارِ اَمانت روٚٹنے آدمن! — ژالُن ہیوٚکُس دُشوارے
ہا گرِ سرِ کوٚر نہٕ ملکوتہٕ فلکو — ژولِہ ہے نہٕ تمہٕ کُے بار

علمُ الیقین چھے کلیچ زان! — گوشس تھاو باہوشیارے
عین الیقین گو سِیر پنہان! — ناو ہیوٚکُس چشمہٕ بیدار

بیہم ہیرس رٹو دامانے — باوی سِرہ اَسرارے
لَے کر وَصلس کھٕے ژلی آئینس — سَپنکھ بینادار !!

بے ہیر ہیرہٕ پٕھی گردے آبس — یُدوَے آسہٕ بیدار
بے ہیر دگیر غفلت خوابَس — حالہٕ خود پہ چھی گرفتار

کنہٕ بوز شب روز پٕچھی با ہیرن — پہنٕہ نے گرِ دیدارے
وون خوجہ غمہٕ نے روشن ضمیرن — پوچھرس منز چھُ زاٸوی جار

# ہر دمہٕ لاگ خاکسارے

ہابندہٕ ہر صبا پٔر حمد و شناہ    ہر دمہٕ لاگ خاکسارے !
صاحب چھُ بخشن ہار !    ہر دمہٕ لاگ خاکسارے

علمک گوڈ چھی بِسم اللہ    در فُرقان اِظہارے
کلمےٚ سرِ ہا کوٗرنے عاشقن    ہا رِندِ گرٛزھو بیدار !

رِندہٕ بنُن چھی حاۓرت نَنُن    راوان غاۓرت گاٹِ جارے
رندہٕ بیوٗ وُتس ناو طوفانہٕ لُیس ڈٔراو    سُے گوو ماۓلکِ کار !

دِے تڑاو غاۓفِلو ووٗن دِیو ہر سُو    پوچھرس منز چھُ زاۓوی جارے
الامر فوق کُلّ ربّ ربنی    گُل پھوٗلِتھ تی چھُ اِظہار

غاۓبت موکر غاۓبت کرِنی چھے    جاۓہلن ھندُے کار !
غاۓبت کرِنی چھے قتل انبیا کھوتہٕ بَدتر    یاد تھاو میثون گُفتار !

کِہو چھُکھ لُکہٕ ہُنٛد اٟنٛزران تہٕ گٔنٛزران    جاے اٲسی دَرنارے
کہو چھُکھ چھَینہٕ کھ ترٛاوان بازار    بوزان چھی کرِدے گارا!

بَنُن بہٕ گُدرُن گرٛزھ پانَس سَنُن    وَنُن غارٕس چھُ دُشوارَے
سوپوری عمہٕ خوجہ نالان دَمبدم    زانِس وَنان اسرار



# نفی اِثبات کرسَرے

رٹُو دَرمن عین اللہ نفی اثبات کرسَرے

اوس کُنۍ نوّن سۍ ییلہِ دژاو احدٕ نِشہِ احمد آو
أندرٕ نیٚبرے نوٗرِ محمدؐ قدِ محمدؐ کرسَرے

عشقِ محمدؐ گوو ہا ذاتَس پاأدٕ کوّرنے عشقۍ ستۍ
چھوو معرفت پانہٕ ذاتَن ژون ساتن کرسَرے

ترٛاو غفلت روز باہوش یوزدأرِ ہتہٕ ژے گوش
ئیرٕہ منٛزَے کھوّت پہ ہمیپوش ناوِتَس پیوّو سَرورے

مست اَسرار ژاو گوشن عأقلن تہٕ باہوشَن
نہٕ کھٕ وَنہِ لعل فروشن کینہٕ منٛزٕ دژاو جوہرے

یَنہٕ پیٚرن بوونم سیرتَنہٕ چھُس پہ دِلگیر
سیرکۍ سرپوش بابیر چھُم منۍ بیر رہبرے

پیرِ پیران چھی کُلُک پیر عالمن ہُنْد دسگیرؔ!
ماپہ پیٹہٕ نے راپہ آکِہ ستی شاہِ بغداد کرسَرے

لیکھنہٕ یِوان چھی ذرہٕ ذرہٕ چھو کے بپناہ سرکر
معنہٕ امِہ کےٚ زانہٕ سُے کرِ آسہِ یُس بے خبرے

ہا غاۂفلو وارٕہ تھاو دیان ضاپہ چھُنہٕ اَکھ ذرٕ گژھان
دوٚپ خدایَن منز آیَن چھی قرآنس اُندرییے

غیب الغیب زانہٕ پانے علمِ غاۂبَس کیاہ وَنے
سَنتہٕ خوجہ عمہٕ وَنتہٕ آغس اَدٕ سیَد کھ گاشرے



# مینٌی پانَس نِشہ تے

بوزعیانے چھِم میخانے مینٌی پانَس نِشہ تے

شنِز کرِیھَ ژاسے منِز میخانَس　　　پانَس ڈوٌلمُ ہوش حِس تے
کھیوٌو پیَنہٕ نُے مازاَدِٕ بَنکھ دَمَاز　　　نوش کر اَتھ خوٗنَس تے

گُسپھٕتے روز کھ سیِرِ حق بوز کھ　　　مینٌیِ وُچھکھ پَنِنہ دَسے
پوٗ ترٛاو رَو ہاو گُلی زٕرِ مُلکَس　　　زلو چھِنہٕ تَتھ بوٗنَس تے

ہفتہٕ در ترٛوٗ پرِیھ اَژ ہفتہٕ خانَس　　　تھیھ لا نُے موجودس تے
سوپوری خوٗ چہٕ عمہ ژامُت وجودس　　　دراٰمُت از خود سےتے ا





بِسمِ اللہ پَر دوّپ مےّ پیرن    اِسمِ اللہ    ہُو ہُو
بِی مےّ رِباللہ ژاو دَرمَن    حرفِ مَولا    ہُو ہُو

ژُہٹھ پردے ہوسَ نَرَدے    وُچھ مےّ دردے ہُو ہُو
کھُٹھِ اوسُس رُٹھِ کوڈنَس    پھُٹھِ لوٗن دڑاو ہُو ہُو

بُوز عالمَ غآب کِنے    آم وَ نیے    ہُو ہُو
سُوز ہمیہِ کےُ ژام سے مَنے    ہَنہِ ہےَنے    ہُو ہُو

آدمن قالُوا بَلیٰ دوّپ سےَنے    آدنے ہا    ہُو ہُو
باسوخن ہو رُوح صلاح    وعدٖ دِیتھ گھو ہُو ہُو

زیرہ ہمہٖ سے مثٖز بستھ چھی    سپیر پہناں    ہُو ہُو!
سپیرہ پاٹھٖ وُچھ سابِکو تی    اپیرہ گےَ دَر    ہُو ہُو

زِندہ پانےَ پانٖہ یُس مُود!    لَتَس چھُ موجود    ہُو ہُو
بزٕندٖ ہٖنے ہٖنز زندگی پچھے!    حَے دَرحَے    ہُو ہُو

عأرِفن چھی معرفت کنِہ سیر تَے پَے ہُو ہُو
پیریوٚ دوَے طأّلبس وَنِہ واصل بَنِہ ہُو ہُو

علمچی زان عالمن چھے کلمہ عاشقن ہُو ہُو
علمسےٚ بوٗز ماکُنِہ ژھین کلمہٕ کُے سوز ہُو ہُو

علمِ ظأہر نوٚن چھُ عامَن بوٚن چھُ بأطِن ہُو ہُو
علمِ بأطِن سرٕہ چھُ خاصَن گرہ پیٚنہٕ نے ہُو ہُو

سٕرِ ہتھ برجوش آو نفع! وژاو اثبات ہُو ہُو
کرِ ہتھ خاموش چھی نہ گفا أنز راوان ہُو ہُو

چھی ونان سوپوری خوجہ عمہ
چھُ مےٚ ہَر دَم ہُو ہُو
دَمہٕ ستی روح نیران کمہ سر
سَرٕ چھُ سپدان ہُو ہُو



# چھےٚ ژٕے قدرت ہر ذرس آسمان زمین

یا الٰہی احکمل چھکھ حاکمین ا    چھےٚ ژٕے قدرت ہر ذرس آسماں زمین
پایہ بوڈ چھی سایہ شوبان عالمن    ماہِ تابان نوٗن چھُ دٕرامت شاہِ چین

یا الٰہی پأدِ کوٚرتھن عشقہٕ ستی    شاہِ مرسل رحمتہ للعالمین ؐ
ترٛاو غفلت بوز سوخن در وجود    تھاوکن تن ناو اَدٕ پَر راہِ دین

یُس چھُ سارٕنے نبین ہُنٛد تاج سر    تس نبی ؐ رہبر دپاں چھی نورِ عین
کر ژٕ سیر عالمن نشہ میثون کلام    در حدیث شرفُ المکان وُچھ بلمکین

معنہٕ مطلب چھی کتھن اندر مدعا    زانہٕ کیاہ سُے پانہٕ یُس آسہٕ بے دین
تِی کران گرژھہ پی چھُ فرمودے نبی ؐ    چھی پَران سوپوری خوجہ عمہٕ راہِ دین!



# یَٔنُن زُو بہ کرہیٔے فدا یا مُحمدﷺ

مئے ہاوتم رابسے ہُدیٰ یا محمدﷺ
یَٔنُن زُو بہ کرہیٔے فدا یا مُحمدﷺ

وَندے مول موجی قبیلہ تہ کرڑونُے
کرَے سَر بہ پادَن فدا یا مُحمدﷺ

بوزتمَ زائری کاستم خُوائری
کڈتم سائری مُدعا یا محمدﷺ

چھُم چُون ہاوَس لگہ ہیٔے ناوَس
غریبس ثڑ بوزتم صَدا یا محمدﷺ

مُشکل کرِم حَل کاستم دِلَس مَل
آسیٔے بو بَرتل گدا یا محمدﷺ

ثڑ چھُکھ با بیرِن ہنڈُے پانہ مُرشِد
چھُ بے پیر ثڑیٚ لنشہ جُدا یا محمدﷺ

عرش زیرِ پایَن تھؤوُے ذاتِ پاکن
گوو نصف راتن ندا یا محمدﷺ

درؤدے چھُ بار بار ملکن ہُنڈُے کار
درودے چھُ سوزان خدا یا محمدﷺ

سولوری خوجہ عجمہ نالاں چھُ ہر دَم
کران روزہ شب ال فدا یا محمدﷺ



# ولو تازٕ ماتم تھاوُن رواچھا

گُلو بُلبُلس خارٕ تھاوُن رواچھا
ولو تازٕ ماتم بناوُن رواچھا!

وُنٕ چھُم پننٕ زخم سینے ژٕ کَن تھاو
سرورٕ عشق ژورٕ تھاوُن رواچھا

سَنٕ گرٕدھ ہردم بَنٕ مثلِ آکاش
پننٕ سیر غارس باوُن رواچھا!

ووٚنے رٕدیو کُنے دپٕ وُچھن عیانے
چھوٚنے شوروغوغا مچاوُن رواچھا

ونُدک نار للہٕ وُن منے چھُ روز کیو شب
گنُدک شورٕ یکجا رلاوُن رواچھا

ژٕھتھ تھاوٕ قفس در قفس دستہٕ بستے
کھٕتھ روے می نشہ تھاوُن رواچھا

ژٕے چھےٚ حُسنٕچ تیز شمشیر دَر دَست
بنا حق یِہ سر میثون کٹاون رواچھا

بہ شمشیرِ نازُک دِتھ زخم کأری!
شہید گأمتیٚن ضرب تراون رواچھا

مَشو زیادٕ قاتِل ژٕ بوزاے ستمگر
کشتہٕ تیرِ باران چلاوُن رواچھا

وَلو دِلبرو ژوٗرِ نیوٗتھم دِلوجان
شِکستہ دِلَن ہیٚتھ ستاوُن رواچھا

یِہ سوپوری خوٗجہ عمہ نالان ہر دَم!
چھوٚنے گاٹہٕ بازار تراوُن رواچھا!



# صاحبِ دِلو ولو ہائے!

کمہ پوشہِ وارِ پھوٚلکھو گُلو!    صاحبِ دِلو ولو ہائے!
رٔحم صأبہٕ! باغٕکہ بُلبلو    صاحبِ دِلو ولو ہائے!

کتہِ رُودہم ژھایے!    وُچِھنسو چانے مایے
شب و روز چھُم چأنی کلو!    صاحبِ دِلو ولو ہائے!

دِل ہنہٕ بیوٚٹھم ژوٚرے    ییتہٕ بڑوٚشہ کُن مو روز دُورے
وَتھ آوِز چھُم کُنہ کُن پلو!    صاحبِ دِلو ولو ہائے

نُورانہٕ چوٚنے ڈیشہٕ ہا!    روے ناز ہاوتم اے شہا!
درشن دِتم مےٚ کاملو    صاحبِ دِلو ولو ہائے

لِلہ ژہٕ کرتم اَکھ نظر    باللہِ دِلَس ژلہٕ ہَن مےٚ شر
بیمارِ اکہِ نظرے بلو!    صاحبِ دِلو ولو ہائے

خوجہ عمہٕ چونُے گاش ہیتھ    گٕٹہٕ منٛز پکاں سُے آش ہیتھ
اَتھہ روٚٹ کرُس چھُے بَرتلو    صاحبِ دِلو وَلو ہا سے

---

نوٹ:۔ یہ وژُن چھُ محمد امین شکیبن حکیم محی الدین شاہ فقیرنہٕ ڈایری منٛز نقل کورمُت۔

۱ە وَتھ اوِز : ناموٚلوم وَتھ

۲ە شاہا : زٔجم صاب چھُ ’شاہ‘ ذأتہٕ سِتۍ توٚلُق تھاوان اوسمُت۔ اصطلأحی معنیس منٛز چھ شاہ مُرشد یا رہبرس بہ وَنان۔

۵۰

# مےٚ زٲلِتھ بدن گوو روٚٹُن کیٛازِ کیٚنے

ژوٚٹُن میٛون ہاوس سےٚ پوٚشنے مدن گوو
مےٚ زٲلِتھ بدن گوو روٚٹُن کیٛازِ کیٚنے

قد چھُس الف لام حد لاحدن گوو
مکینہ چھُ عالی مکان بلمکینہ!
گھےٚ ہیرہ گاہ بوٚن گھےٚ مقتدن گوو
مےٚ زٲلِتھ بدن گوو روٚٹُن کیشازِ کیٚنے

عرشکہٕ دروازٕ فرشس سیدٕن گوو
تمِس فرشہٕ کینہٕ چھِی لعل تے نگینہ
زلیخاہٕ بوزم ہیوان پے ردن گوو
مےٚ زٲلِتھ بدن گوو روٚٹُن کیٛازِ کیٚنے!

گرِهتھ شانہٕ زُلفن ستہٕ مارِ بَدن گوٚو
زُرِہتھ چھس نہ زانان چھُہ پُرٕ ماہ جبینے
وُچھتھ مارِ گیسو بچُھتھ غمزٕ دن گوٚو!
مےٚ زاۓلِتھ بَدن گوٚو روٗٹُن کیازِ کینے

تھاوِتھ پانہٕ برپاسہٕ میانین بُدن گوٚو
پرٕ ہتھ رام مومن چھُہ کمُ تان دینے!
ہیٚتھ پانہٕ بَر بام لرٕ وِتھ لَدن گوٚو
مےٚ زاۓلِتھ بَدن گوٚو روٗٹُن کیازِ کینے

غُلق تھاوِتھے ستی میانین بدن گوٚو
مُلک ترٲوِتھے اوس سُے خاص چینے
سُہ معشوق عاشق سَروے قَدن گوٚو
مےٚ زاۓلِتھ بَدن گوٚو روٗٹُن کیازِ کینے

تھوٚوِتھ خارِ می ستی لوٗکن دُن گوٚو
ہاوِتھ گوٚو مےٚ روے وارِ سُے نازنینے
خراسان ترٲوُن مُلکے عدن گوٚو
مےٚ زاۓلِتھ بدن گوٚو روٗٹُن کیازِ کینے

پنُن ناو باوِتھ زِ بَدرِ بدن گوٚو!!
وِنُن شوٗبہٕ کاۓ لشے رِشہٕ زخمِ سینے

وُچھِتھ میٚانہِ نی اَعمالے بُدن گوٚو !
مےٚ زاٲنِتھ بُدن گوٚو روٗٹُن کیٚازِ کینٕے

سرٕے شامہٕ نٕے گرِہ نیرِتھ مدن گوٚو
درٕے لجٕسہٕ زٕوٗن گژھِس شرٛاوننہٕ شینٕے
کرانی مےٚ ہوہو رایتھ دوہ وَدن گوٚو
مےٚ زاٲنِتھ بدن گوٚو روٗٹُن کیٚازِ کینٕے

پرٛتہٕ تن ناوٕنہٕ منٛز باگ ندن گوٚو !
نہٕ پیٚیتھ آسمانہٕ نہٕ چھی تل زمینٕے
نٕئے میٚون گُفتار بوزِتھ شُدن گوٚو !
مےٚ زاٲنِتھ بدن گوٚو روٗٹُن کیٚازِ کینٕے

شیدا سوپورِی خوجہ عمہ پرزن گوٚو
گٔیہ دریمن گوٚو گٔیہ در مدینٕے
سوپور ترٛاوِتھ بیہتھ سرحدن گوٚو
مےٚ زاٲنِتھ بدن گوٚو روٗٹُن کیٚازِ کینٕے



# وَلو لِلئِہ وَکھ رۆنِہ مشزلے

ہاوسِہ چانے چھَم نوزوٚلو
ولو لِلئِہ وَکھ رۆنِہ مشزلے

یارِ گیِہ موچیأنی کلو!   خارِ کھاأوِکھ ژوٚلکھاہ مئے
عارمیثون پچھی ناڈٗامبلو   ولو لِلئِہ وَکھ رۆنِہ مشزلے

گرِ میانِہ اوسُکھ نکئِھ تلو!   سَرِ شامن نیِرکھ گوکھ
پامن لاأجھقس واأجھقس موٚلو   وَلو لِلئِہ وَکھ رۆنِہ مشزلے

ییِٹہ سُونے ہا ھاأنژلو   دِیِٹہ درشُن وندِہے کژونُے
ہیِٹہ دِل ژوٗرِ نیوٗٹھم ژھلو   ولو لِلئِہ وَکھ رۆنِہ مشزلے

ووٹھراوَے خاصِہ مخملو   یأراوَے نألی أطلاس!
پژنگ ووٹھرے رنگِہ بُلبلو   وَلو لِلئِہ وَکھ رۆنِہ مشزلے!

پِی لپہ کھسِتھ گوم روزِ ازلو    تی چھُس بونکھہِ والان
ازلہِ لأرِنس ونتہِ کورژلو    ولو للہِ وَتھ رۄہِ منزلے

طوطہِ رُوکھُم تہِ ہأرکور پلو    فوطہِ مو ختس بُہنتھ گوم
اَتھ خاص سو بنس گیہ موئسرتلو    ولو للہِ وَتھ رۄہِ منزلے

چھُکھ تہِ اَصلی مأئک گُلو    دوٚن جہانَن شہنشاہ
شبن طرفن چھُون غلغلو    ولو للہِ وَتھ رۄہِ منزلے

سو پوٚری خوجہ عمہ ونان مُفصلو
ہر دَم چھے تَس چأنی کل
درشن چھانہِ بیمار بلو
ولو للہِ وَتھ رۄہِ منزلے



# بیٚہرٕ ہا ژٕہ پأرِ یے

وِیرِ چانے نیرٕہ متیو     بیٚہرٕ ہا ژٕہ پأرِ یے
وُنی بو دِمہٕ یو جایہٕ جایے     کوچہٕ و بازأرِ یے

ہوٚوتھ ژٕ ییٚہ نُورانے !     کیٚتہٕ گے دیوانے
پُور چھُہ تابان نُوران چُھون     عالمَس ژٕہ پارے

وُنی مےٚ دِتّی مے رُومہٕ شامے     آم نو پأغام ییٚتے
ژھأری ژھأری لوسہٕ نأوتھس     گامہٕ تےٚ شہارٕ ے

لٕلہٕ وُن تھوٚوتھم مےٚ نار     ژالُن ییٚوم دُشوار !
سوزٕہ سِتی روز شب ہا ذٕزِس     ذٕزِس عشقہٕ نارے

دِتّھم ژٕ تیر دأرِتھ     جگرس ہا گأم لأرِتھ
نیزٕہ کھوتے تیز ہا لأیِتھم!     حُسنٕچے تلوارے

بنیہِ ہاوتم مِنے رو خسار    اَدِ بلہِ ہا بیمار
روز سانے نُندِ بانے    بوز میاَنی زارے

گوکھ نیرکھ سرِ شامَن    لاَ جبھس لوٗکہِ پامن !
ہے ہے ڑے کیشہ چھے نا    میانی یاد وارے

خوجہِ عمہٓ نے کوزرِ بیان
باہوشن چھی عیان!
زِندہِ عاشق زِندِ روزان
بنیہِ ماٗری ماٗرِ یے !



# دِل دوٗدُم چانے شرے

اے نِگارا روے مےٚ ہاوتم  دِل دوٗدُم چانے شَرے
بو ہا لأجھتِس لوکہٕ پامن!  رُٹےٚ دامان محشرے

لالہٕ لأے تھم حُسنِ کمند  والہٕ واشے گیٚس بند
حالہٕ حالہٕ بوز بافند  زالہٕ لأجھتس دِلبرے

تیز لأے تھَم حُسنٕ تلوار  گوم جِگرس پارٕ پار!
وَنہٕ کَس خوٗنس نِجم دار  تَتھ اندر گوس سرسرے

حُورِ تیر آم زورا وار  چھُس وَدأنی زار زار!
مُورِ تھووتھم للہٕ وُن نار!  دوٗرِ چانے مَرے

آفتابو یتہ بِمَن  وَنتہٕ مشتاق چھُکھ کمُن
ہابہٕ وُجنس چأنی غمن  کاژٕ زوٗن لأجھتس دَرے

یُس مُشتاق آسہٕ نارٕس — بیم ذرٕنگ کیاہ چھُہ تٔس
سُے دَم ہیتھ وَسہٕ شُدرس — کھالہِ لعلو جوہرے

لامہِ اُلفس ستی یُس پُور — جام جم واتی ضرور!
مےٚ چیتھ سُے سپدِ مسرور — پٔیے اَنہٕ اَمہِ بوٚہ سَرے

مےٚ یمہِ چیو تَس چھُہ عیان — غائب الغائبک بیان
سَتھ چھِ ضرب کتھ چھےٚ کُنی — زان وَتھ چھِ راہ بَندرے

گُل چھُہ کُنے لٔشگی چھِ جُدا — زانہِ عاقل بَس مُدعا
معنہٕ اَمہِ کےٚ زانہِ واٚصل — جوے نیران آگرے

چھُکھے عاشق بوز پیغام — ژٕ تجیہہٕ اصلی مُقام
سیرہِ پنہاں زیر و بم! — دژاو امی بمہ اَندرے

اَمی نٔشہ راوان قلاش — بوز چھُکھے آکاش!
گاشہٕ ستی وُچھتہٕ لوگاش — دُرِ ناسُوت اَندرے

ہُمی چھُہ بیرون تی چھُہ اندر — چھُکھے بپنا تھاو کن!
سیرہِ کتھا ؤنی میٚ بیرن! — کوٚر میٚ تَتھ بیٚٹھ باورے

بوزِ گُس ہیوٚ میٹھون بیان — کُنہ عٔلیچ چھمنہ زان
نی چھُہ سوپوری خوجہ غمہ ونان — چھُس اَصلی اَن پَرے

# دِتہٕ درشُن از پھولیم گُلزارِ دِل

عشقہٕ بُلبلو ژٕ چھُہَم غمخوارِ دِل — دِتہٕ درشُن از پھولیم گُلزارِ دِل
ہیتہٕ اکہِ دِتہٕ درشُن شَر ژٕہیم! — یِتہٕ بَمن چھُکھ گُلُک مُختارِ دِل

چھی ژٕنے موئیس شانہٕ کرٕتھ کوکلن — چھُم بجھائنی زُلفِ سیاہ مارِ دِل
خُورِ تھووتھم مُورِ للہٕ وُن عشقہٕ نار! — ژُورِ پاٹھن نیوتھمو وَنہٕ ہارِ دِل!

چارٕ کر میثون نارٕ دوٗدمُت چھُم بَدن — مارٕ کرٕتھس کَر ژٕلیم آزارِ دِل
پژارٕ کوٗت کال یارٕ چائنی گارٕ چھُسم — وارٕ وُچھتھ چھُم گوٗمُت منٛے تارِ دِل

تھاوتم لادن یِتہٕ یکھنا ووٗنی بَمن — ہاوتم منٛے جلوئے اَنوارِ دِل!
میثانہ معشوقہٕ سانہٕ روز کھناشَبا — روزتم اَز بوزتم گُفتارِ دِل

سوزتم اَصلُک دوا خوارٕی ژٕلیم — اے حکیمو کَر بلیم بیمارِ دِل
یارٕ دوٗدِے سوپوری خوجہ عمہ وُنان — بوز عاشقو گوو یوٗہئے اسرارِ دِل

# اَمی حُورِ ژُورِ نیوٗنم دِل

کَس باوِ رودُس غاٚفِل
اَمی حُورِ ژُورِ نیوٗنَم دل!

مَس دامہٕ چاٲوُنَس یارن　　وٕلِسرٲوُنَس اسرارن
جس دِتھ چھُم پیٖرِ کاٲمِل!　　اَمی حُورِ ژُورِ نیوٗنم دِل

بدٕنَس سِنیاو موٗلہٕ نارٕ　　تی پیوٚم ژالُن دُشوار!
کرٕیوٗٹھ پیوٚم عشقنُے مُنزِل　　اَمی حُورِ ژُورِ نیوٗنم دِل

چھُس خال شوٗبان منز بُمن　　تیرِ بلا لایان کَمن!
بس زِرے زُلفِ مارِ قاٲتِل　　اَمی حورِ ژورِ نیوٗنم دِل

تس یارٕ سِنز تھَزر کارے　　وُچھان دِل گومِ تارے
چھا رازٕ اٲژرِ نیٖز کنہٕ چھِہ گِل　　اَمی حورِ ژُورِ نیوٗنم دل!

بُس چھِی اللہ پُر اُثر ای چھِی بیرون تی اندر!
پَرٛتھ چھِنہٕ کران یمہٕ جاہِل اَمہِ خوٗرِ ژوٗرِ نیوٗنم دِل

قودرت چھس اَتھہٕ پانس وُچھتہٕ کیاہ کوٚرُن شیطانس
پانے کوٚرُن خوار و خجل اَمہِ خوٗرِ ژوٗرِ نیوٗنم دِل!

خوجہ عمہٕ وَنان باہوش
برٛم دِتھ بہٕ نیوٗس معشوقن
عاشق بَنُن چھُ مُشکل!
اَمہِ خوٗرِ ژوٗرِ نیوٗنم دِل!



# خوش آوازے بُلبلو

یارٕ میٚانے سروِ نازے
خوش آوازے بُلبلو

نامہٕ لیکھ یو شہبازے    پامہٕ تھاوِتھ ژۄ لہمو
شامہٕ سونٛدرے یندرازے    خوش آوازے بُلبلو

کوٚرِتھ شامن پٔروازے    بامہٕ پیٹھے ژۄ لہمو
کامہٕ دیو چھی جامہٕ تازے    خوش آوازے بُلبلو

مجنونے پاکبازے    لألہٕ ترٛاوِتھ ژۄ لہمو
نجدہٕ وٕنہٕ کے سجدہٕ سازے    خوش آوازے بُلبلو

تیٖر لأیِتھم تیٖر اندازے    یارٕ جگرس کوٚر تھمو!
نۄن زخمن پیۆم جازے    خوش آوازے بُلبلو

پُرِ چھُ قد چھُون ترکِتازے      ألفہ کے آیے ولو!
حد و لاحد قد درازے      خوش آوازے بُلبلو

مارِ گیسو چھی درازے      بار وُچھان رو برو!
کارِ پئِتھ گے ہل غمازے      خوش آوازے بُلبلو

مست چشمن سورمہ سازے
بَستہ کرُتھس ہانزلو!
خستہ دِل میون چھی نیازے
خوش آوازے بُلبلو

مَن فِدا کر پرَ بیاضے
کَن تھاوِتھ بوز گفتگو
سَن تہ خوجہ عمہؔ ونتہ رازے
خوش آوازے بُلبلو



# اِمشب بیا اے یارِ من

کَن تھاو بِشنو گُفتارِ من     اِمشب بیا اے یارِ من
گرمی چھِ در بازارِ مَن!     اِمشب بیا اے یارِ مَن

دیدو وُچھم روٗخسارِ توٗ!     مُنوَر بہٕ گوس دیدارِ توٗ
بے شک ژٕ چھُکھ غمخوارِ مَن     اِمشب بیا اے یارِ من

زُلفن کمند لأیتھم ژھلے     بنٔد گوس وَنتم کور ژلے
گیسو ژُرا شہمارِ مَن!     اِمشب بیا اے یارِ من

باللہ چھُم چھُون آرزو     شب روز وُچھہٕتھ رُوبرو
لِللہ بدہ دیدارِ من !     اِمشب بیا اے یارِ مَن

ووٚلمُت بہٕ چھُس چانے کلے     بُلبُل ہیتم دِل میثون بَلے
پھوٚلمُت مئے چھُم گُلزارِ مَن     اِمشب بیا اے یارِ من

ہاٲرِتھ بہٕ چھُس پانس وندَے  مٕنز عاشقن پیٚژھ شرمندَے
پاٲرِتھ بصد زُنّارِ من!  اِمشب بیا اے یارِ من!

اَتھ باغِ حُسنس مٕنز ہاپیوٚس  خود کاٲفرے مُطلق بہٕ گوس
ثاٲبت کران اَسرارِ من!  اِمشب بیا اے یارِ من!

خوجہٕ عمہٕ چھُہ مُشتاق نورٕسے
دِل جان وندَے منظورٕسے
بوزُن توٗگُس اِیثارِ مَن
اِمشب بیا اے یارِ مَن



# زاگنہ روزس وتن ھا یارو

بہ شوقہ چالنے قبیلہ ڈرالیس زاگنہ روزس وتن ہا یارو
ہا ننڈہ بانے پینتوژ پایس نتہ کس سوزرے کہقن ہا یارو

گم گم غمہ کی ستم مئے سوزبھ روزبھ چھس محبتن ہا یارو
دمہ دمہ بمہ کی سرود بوزبھ دروڈ پوز میانی رتن ہا یارو

جدا بو کر بھس الفت بڑ بھس ندایہ کل گوم زتن ہا یارو
مدعا مئے ژیی پیتہ فدا یہ دل گوم میول گوم ضربن ستن ہا یارو

مدہ بال واجبھس حد بنشہ ڈاجبھس لاجبھس منز آتہ گتن ہا یارو
یہ حال ونہ کس بو توسہ لد چھس بو بوسہ کرہ ہیے اکھن ہا یارو

میتو بہ پاجبھس اندری زاجبھس واجبھس بر پا التن ہا یارو
ہتو حکیمو پیتو بہ گاجبھس لاجبھس شیر و شربتن ہا یارو

رِوان بوآئیس دربار ژ ائیس ‏ ‏ ‏ ‏ وُچھان یہ چھَس چون وطن ہا یارو
پہ زان طبیبو تیلہِ بیکھ پائیس ‏ ‏ ‏ ‏ بیلہِ شر پہ زُو میون وَتن ہا یارو

تہ زوُن مے پانَن یہ عاشق زانَن ‏ ‏ ‏ ‏ چھُ یتر جوئے کتین ہا یارو!
یہ خونِ ناحق روَٹھُ تژے شانَن ‏ ‏ ‏ ‏ ژوُٹھُ یہ سَر میون زتَن ہا یارو

مائرِ کھ بوترأو کھس میژہ کس تہاُو کھس ‏ ‏ ‏ ‏ مائرنس زنہ لُکہ ہتن ہا یارو
رندہ مے چأو کھس زندہ بو کھاُو کھس ‏ ‏ ‏ ‏ گِشدہ نأو کھس صورتن ہا یارو

مَنہ مَنہ بوو کھم مَن پرنوو کھم ‏ ‏ ‏ ‏ ہَنہ آئیس حائرتن ہا یارو
یہنہ موکھ ہوو کھم دِل تنشلوو کھم ‏ ‏ ‏ ‏ تَنہ چھس شب وروزمتن ہا یارو

کافوُری آبہ بمہ نتہ آبِ زمزمہ
چھوٗلمُت کمیٔ اُلفتن ہا یارو
سوپوُری خوجہ عمہ نالان دمبدم
ووٗلمُت اُمیٔ شفقتن ہا یارو!



# ژُورِ عاشقن دِل تمبلاوان خورد ساٸِ لیے

ڈُورِ دورے پُوری چھکمہ تڑاوان ہیتے بأ لیٸے
ژُورِ عاشقن دِل تنبلاوان خورد ساٸ لیٸے

اوس کُنُ دڑاونوٗ نُے جلوہ تڑاوان بر خاکُ
رنگہ رنگے بابہ مُھری نم پابہ أمی کُلا لیٸ !

اوّل أخر آنسر ور رحمتؑک نُورے نبیؐ !
گوس تعشوق اوٗنُ معشوق ذاتہ ذوالجلاٸِ لیے

روشہ یکھنا سُون سالے پوشن دستے کرے
قندہ نابد چندہ برے بادام تے کھاٸِ لیے

غوصہ کیاہ گوٸے میثون ونتم بوسہ پاذن کرے
ووہ مقراوے زُونہ ڈبہ چھم عین أنزا لیٸ

نازِ ڈٕبکس چھی ژٕرٕ شۄبان سازٕ سامانٕ ئُتیٖ یے
وڈُوُڈے نٲلِ مخمل کٔنن کنٕہ وآلیے

قَد الف چھی لام زُلف میم دَہانے !
حدِو لاحد قد چھُ شۄبان بدٕ والجمٲ لئے!

عُمر رٲوِم تدبیر کران تقدیر آم لوٗ زانٕہہ ونے
زانٕہ پانے لانہِ کیاہ لیٚو کھنم روزِ اَز آ لیے !

یہِ چھُ دُنیاہ بزٕم تہٕ بأزی گار گرِ أخر اند مزار !
سنگدِل پانٕہ بشگہٕ ہا موتٕہز چاوٕنم کأبِ لئے

سوپوری خوجہ عمہٕ چھُ نالان ہَر دَمہٕ زالان خونِ جگر
کژانہِ دژامُت چانہِ بَرتل آمُت سوآ لیے



# یوٚت مستےٚ یارچھا

گژھتہٕ ہے ویسی وچھتہٕ لَستےٚ　　یوٚت مستےٚ یارچھا
روشہ کرہس پوشہ دَستے　　خفتہٕ چھا بیدارچھا

جانانُس خوش دہانس　　لب لَعلِس چھی شُکر
دند دُر دان خاص مرجان　　عین خوش گُفتارچھا

تیر تراٚوِتھ نستہٕ خنجر　　نیزٕ لایان برٕ جگر
چشمِ آہو مِثل ہیرو　　بمہٕ کرتجِہ دارچھا

واٚلِکِنہٕ نے ناٚلِ مخمل　　زاٚلی وانکن وایہٕ تَل !
خوٚب رویَس لیل مویس　　مُشک ژٔندن دارچھا

کاہٕ پٔتہٕ چھس مارہ گیسو　　بار وُچھان چھس رُوبرو
اَچھہٕ کھورچھی ماٚژِ رٔنگِتھے　　شوٚنگِتھے شہمار چھا

شانہٕ کٔرِتھ کوکلن ! دیوانہٕ کران عائقلن
ہیچو بُلبُل محوِ گومُت ییپھٕ گلو گُلزار چھا!

وُڈہ وُڈنے دِتھ چھ برسر ہیرہ بوّن چھُس ہیم زر
ڈیشہِ ونہٕ نے کیٚتھ فریبٕ زیباہ لِنگار چھا

دارِ ییپھٕ بہتھ ہأرٕ لٔتی یے طوطِس چھس مُتی یے
بولہٕ ناوان بولہٕ ژورن ! مِثلِ جانا دار چھا

ژورِہ عاشق تی وُچھان بو اکِہ نظرے مارہ گوو
دُورِ وُچھہٕ تے سُے پتھر پیو نکہٕ گٔژھنس وار چھا

اوس وَزان ساز پے وریے سیتارہ تے داہرہ نےٚ
زیر و بم چھا مَدہم چھا عشقہٕ جہرہ چی تار چھا

آو لأگِتھ جوٗگی سنیاس چھُس نہ دانے میثون پاس
اکِہ مأنتھرے بَند بہ کرُنس یوٗت جادوگار چھا!

سوٚت چھُ نالان روز کیا شب
گوٚت چھُ عاشق دَر طلب
موٚت یہِ خوجہ غمہ دوٗر پیومُت
پورٕ سشر مسار چھا!

# بہٕ دیوانہٕ کوٚرنس تمیٚ خدوخالن

تجلیٰ دیُتمت حُسنِ جمالن بہٕ دیوانہٕ کوٚرنس تمیٚ خدوخالن

سُہ گاہ ہتھوو برپا خودمہ مثالن

تمے پانہٕ زانِن بہتھ عشقہٕ وانن! یمے بانہٕ بیوٚن بیوٚن بہ چھی ہتھری متی کلالن

چھُ والضحیٰ رویس واللیل مویس رتہ دوٚپ منز قرآنس خود لایزالن

لوٚوُے دزاو بُلبل بہتھ باغ سُنبل توٚے داغِ درِ دل روٚٹمُت گلالن

یمن یوٗر ییہ نابہٕ چھس مُنز زلیخا ہیمن موٚلی سُہ یوسف نگینن تہٕ لالن

مُہتھ گوو سُہ معشوق للہٕ وُن کھوٗن طوق ڈُہتھ نی عاشق مظہرِ جلالن

واللہ چھُیم میٚے دوٗدُے کرِتھ گوم جوٚڑے فُلاہ دیُت میٚے جگرس زہر ہلالن!

بزٕم ملے ناگس اندرگیس باغس! کرِم صاف تن تمیٚ آبے ذُلالن!

وُچھم سوزِ پرِمس توٚے لجِس داوس بہ چھس روز شب بوزِ متہٕ نے خیالن

چھُ بازار پُرجوش وُچھان ڈلان ہوش بہ سوداچھُ پُرمست کوٚڈمُت لقالن

بیان ای عیانی انان دُربیانی

سنان چھی خوجہ تمہ ونان منز مثالن



# نوّن جلوہٖ ڈیشکھ جابجا

نوّن جلوہٖ ڈیشکھ جابجا    ووّن دیؤ کُن زانُن خدا!
اوّن تڑاو وُچھکھ راہ ہُدیٰ

دیدو ژٕ بوزکھ رُوزی ہٕ شَکھ    ووّن دیؤ نیرکھ کُن وُچھکھ
چھوّن گاٹہٕ خرچُن چھا روا

بیپنا وَنان گاشہٕچ خبر    اوّن زانہِ بَس پینہٕ نٕے اَنبر
کُنتُ کُنزاً ہٕر کرسدا

یکساہٕنٕے سے ستی موختصر    کُن اوس بَسن کُنہِ بَس انْدر
نوّن دڑاو حق ہُو بالفاءٔ

زُلفے چھ خالَس ستی رٕلِتھ    نوّن دڑاو اَلِف میمس وٕلِتھ!
دوّن چھے جدائی واویلا!

خاکس دیُتن جلوٕ پنُن     آدم مقدم دژاو نوٗن
دوٚپ آدمن قالوا بلیٰ

ظہورُک ناو ژاو کَتس اَندر     سجدے کوٗرُکھ تتھ مختصُر
پہلوِ چِب گیہِ نیُز حَوا

تی گوو نوٗرے آنجناب!     یٰسین وطٰہٰ یس خطاب
تعریف روٗیے والضُحیٰ

سُے چھی بنین تاجِ سر     حضرت نبیؐ خیرُ البشر!
یعنے اَحمدِ مُجتبیٰؐ

بیوٚو پرتوے روٗے جناب     پیدا سپُن دپنُک حُباب
وسرِیاے پوٗتلی بُتخانہٕ ہا

نوٗرے نبیؐ روشن چھُ تَے     ہا غافِلو پایَس بیٚیتہٕ ہا!
کتھ بوز ستھ رُکھ طٰالبا

سوپوری خوجہ عمہ تی ژٕ بوز     پیدا کر شفقت ستہٕ سوز
تھَوِتہِ کر ژُو جان فِدا     نوٗن جَلوٕ ڈیشکھ جابجا!

# بہ وولنس چائنی غمن میانہِ عشقو

ژِمستانہِ موت گوکھ کمن میانہِ عشقو
بہ وولنس چائنی غمن میانہِ عشقو

یتم کلوالے دیتم وصلہِ کُے مے!
رنتم اسنو جامے جمن میانہِ عشقو

بہ چھس برگِ بے پے بیمژ آسمائے
ژِ چھکھ سروِ سروے چمن میانہِ عشقو

تُلِتھ تیغ و خنجر ژِ ژٹھ کا تھن سر !
مو لُتھ خُونِ مُضطر تمن میانہِ عشقو!

بژِ تھ تیر وارے برائے شکارے
کوژِتھ پارِ پارے کمن میانہِ عشقو

ژجس طوفانے تہٕ ڈیوٗکھُم عیانے!
یہ کوٚرنم رێیہِ شبنٔمن میشانہٕ عشقو!

ہتو لیل موئے بہٕ وُچھے روئے
یِوان چھی بوُے سٕمن میشانہٕ عشقو!

لوٚتےٚ نیوٗکھ پرواز گرٕدھتھ بیوٚکھ شیراز
موٚتےٚ گوکھ زیر و بمن میشانہٕ عشقو!

ہتو میشانہٕ لاگے رٹتھ زورہٕ نالے!
تِتی ییٚتہِ سأری سمن میشانہٕ عشقو!

بوٚرُکھ مأل پانے مجنون خانے!
کوٚرُکھ سال لیلےٰ یِمن میشانہٕ عشقو!

جوٚرُکھ پأنۍ پانے برائے بہانے
کوٚرُکھ شانہٕ زُلفے خٕمن میشانہٕ عشقو!

دِہ وُن دانہ دانے وُچھکھ جانہٕ جانے
یہ ووٚن سوپوری خوجہ عٕمن میانہٕ عشقو!

# بوچانے لولرے عشقو

ؤجس مایے گجس شب روز
بوچانے لولرے عشقو ! !

ژچھکھ آفتاب ترأیھ گاہ !
ہ چھس کاژ زون گلانی ماہ!

کران شب و روز افسوس آہ!
کوو لأ ژھقس درے عشقو !

زبتے عشقن مےٓ پیو و پانس!
ؤنھ کیاہ زانہ بے زانس

کھٹھ اوس بہھ پانس !
ژٹھ کڈھس گرے عشقو

ژےٗ ہو وتھم موکھ یَنُن دُورے
مئےٗ گوو سُور سورِچیے حُورے

دِلو جان ییُو تھم ژُورے
سُے شر چُھم سوندرے عشقو

ژِلأگِیتھ آکھ مستائے !
بہ کُرٔتھس مُژِیتہ دیوائے!

یوٗزے وَنتم مےٗ کیاہ کوٗرے!
بہ کُرٔتھس بانبرے عشقو !!

بہ أسس گُل اَندر باغس
کُران گیتھ أندی أندی ناگِس!

گُجِس پوشس نہ زاہِتھ اَزلس!
لُجُس والے برے عشقو!

سِتم گوم دورِ رُک منٔزِل
بیَتم ساتھاہ ژِلہم زِلزل !!

سِتم گارو مۓ نیو کھم دِل!
کمیو ہا بانبری عشقو!

رِوان خوجہ عمہ دِوانی لوز!
کران افسوس وآہ شب روز

زبےَ للہٖ وُن یمِس بیوّو بوز
شہ وُنتم کیاہ کرے عشقو!



# تٔنہٕ چھس لوٚشن گرِ لولو

ییٚنہٕ سوزِ زیرو بم ژٕام مٔنز گوشن — تٔنہٕ چھس لوٚشن گرِ لولو
رنگہٕ رنگہٕ پھٔلیاہ لجمو پوشن — یم پوشس پھوٚلی مو پھٔرہ لولو
لچھہٕ ناو گُل چھی مٔنز اچھہٕ پوشن — تٔنہٕ چھس لوٚشن گرِ لولو

پور دین نُورِ محمدؐ گوو روشن — سُہ ییتہٕ آو آدم مِرہ لولو!
مُہرِ نبوّت چھُس مٔنز دوشن — تٔنہٕ چھس لوٚشن گرِ لولو!

مٔس چیتھ مستی چھے مدہوشن — تٔس پتہٕ گیہ باشبرہ لولو!
ہستی تژاو ہے تل پاپوشن — تٔنہٕ چھس لوٚشن گرِ لولو!

منصور دارس پیٹھ کھوٚت لوٚشن — نارس دارن تٔر لولو!
یارس کن گوو لوٚشن لوٚشن — تٔنہٕ چھس لوٚشن گرِ لولو!

رِندہٕ بنہٕ خواہی مٔنز مے نوشن — زندہٕ پانہٕ یُس گوڈٕ مَرہ لولو
مقامِ جبروت مظہر تس روشن — تٔنہٕ چھس لوٚشن گرِ لولو

شیرٕ سندِ دَبدبہٕ ماز ہرمۆشن   شال کتہٕ نزدیک دِرہ لولو
کوٗہہ وَنان راز ہیٚتھ بازِ ہوشن   تَتہٕ چھِس توٗشن گرِ لولو

نادان ووٚلمُت بِلکل بوٚشن   بازان نار ہیٚتھ پھیرِ لولو
یکسانہٕ بِنشہٕ چھُہٕ دوٚگنیارپوشن   تُتہٕ چھِس توٗشن رِ لولو

رشکہٕ پان زولنم عشقہٕ تب جوشن   للہٕ وُن چھُم گرِ گرِ لولو
عشقہٕ ستی بار ہیٚتھ چھُس بردوشن   تَتہٕ چھِس توٗشن گرِ لولو

ژھو پہٕ چھے رۄ پہٕ شُنز خود خاموشن   غائفلن غفلت کھٔر لولو!
سوپوری خوجہ عمہٕ وَنان باہوشن   تَتہٕ چھِس توٗشن گرِ لولو



# وَنہٕ کَس تَنہٕ چھُم نار للہٕ وُن

یَنہٕ ژام در گوشس سوزِ عشقُن    وَنہٕ کَس تَنہٕ چھُم نار للہٕ وُن!
کَنہٕ بوزِم سوز یندرازُن    وَنہٕ کَس تَنہٕ چھُم نار للہٕ وُن

یَنہٕ آس اَنہٕ گٹہٕ اوس نو گاش    کیتھہ اوسہٕ یوان زونہٕ پڑگاش
اَدہٕ دڑاو زیرہٕ نشہ سرہ سپُن    وَنہٕ کَس تَنہٕ چھُم نار للہٕ وُن

ژورہٕ ہتی ژورن کوزنَے مِلاو    کُنت کُنزا تھۆد دوپنے آو!
ہُوس پہٕ زوجس مینول کرُوُن    وَنہٕ کَس تَنہٕ چھُم نار للہٕ وُن

تَبرہ کر ذرہٕ ذرہٕ میلتھ چھی!    ذرہٕ گٔ در فرقان دوپنے رَبی
کُنزس ہتی چھی میلتھ کُن    وَنہٕ کَس تَنہٕ چھُم نار للہٕ وُن

عاقل چھی باہوش وٲتِتھ کنھن    غافل چھُہ وولمُت اُمی غفلتن!
کاکِن چھُہ خالی گُفتار چھنُون    وَنہٕ کَس تَنہٕ چھُم نار للہٕ وُن

عشقہ زیتہ ہیوم گوس فانی فناہ
تیہ لد ترأونس بر سرِ راہ
شب و روز گوژنم تب عشقن
وَنہ کس تنہ چھم نار للہٕ ؤن

پس بوزیس دیُت عشقن جوش
تس کتہ روزی حبس تے ہوش
بس پانہ میخانہٕ مے چوؤن
ونہ کس تنہ چھم نار للہٕ ؤن

عشقس نہ جُنس بیون چھے کان
یہ عشق لایان حُسنس کان!
کنہٕ بر بردار آنہ حبائے ہلن!
وَنہ کس تنہ چھم نار للہٕ ؤن

موختہ ہار شوبیاہ خامس گنڈُن
تی گووخرس دیُن زعفران کھیون
نشہ نیتھ شیشہ مشرہ کیاہ وُچھہ اون
وَنہ کس تنہ چھم نار للہٕ ؤن

بے تاب کرانہ تاب در جنگ
ییرہ گومُت منگان ویرہ نشہ ٹنگ
کھارہ وانہ چھا بنان نارہ ڈراوسون
وَنہ کس تنہ چھم نار للہٕ ؤن

موختہ کو کرن چھکن چھا شایاں
قدراہ زرگر زانہ بس اللہ
کہو چھہ کھسنتھ نَنہ سرتل نہ سون
ونہ کس تنہ چھم نار للہٕ ؤن

چشدہ چھوُن کیا ہیتھ نیر بازار!
یس نہ آسہ دردس نشہ کھنڈ ہار
دوُلہ وانہ ونتہ کیاہ چھلہ نیتھ نوَن
ونہ کس تنہ چھم نار للہٕ ؤن
خارہ خارہ جگرس چھم درمن
عارہ رگسی زاعجنم نارہ ہن ہن!
خوجہ عمہ چھم پران جارہ عشقن
وَنہ کس تنہ چھم نار للہٕ ؤن

# بہٕ ہا زأ جنس دردن

مارٕ مستیو ییتہٕ بہٕ من
بہٕ ہا زأجنس دردن

قولہٕ ساریوٚ قولہٕ مو ڈل — لولہٕ گیہٕ مو چأنی کل!
مارے چأنی چھم مےٚ دَر من — بہٕ ہا زأجنس دردن

یَنہٕ ہو ہو ژام درگوش — تَنہٕ ڈولمو حس تَے ہوش
ییپرہ نیوٗنَس سٔہلابَن! — بہٕ ہا زأجنس دَردن

یُس دَم ہیتھ وَسہٕ سٔدرس — گرٕژھ محرم سُے سپرس
دَمہٕ چھُ پرُدم دَمسازن! — بہٕ ہا زأجنس دَردن

یُس مُشتاق آسہٕ نارس — بیٚم دزنُک کیاہ چھُ تَس
بیٚم دزنُک خام عاشقن — بہٕ ہا زأجنس دَردن

اۆن کیاہ وُچھ آئینس    چھوٚن گُفتار باوٕہ کس
چھوٚن گُفتار لِشہ خامن    بہٕ ہا زاجنس دردن!

نوٚن منصور ووٚلۓ بازارا    عالمو لوٚدُس بردار!
ماہٕ کوٚرنَے اِظہارن    بہٕ ہا زاجنس دَردن

بہٕ چھُ سوپوری خوجہٕ عمہٕ ونان
وارہ عشقس منٛزٕ سنان
گوشہِ نازٕ کیو بوز سُخن
بہٕ ہا زاجنس دَردن!



# راوہم رآئڑے مارِ متیوٗ

گرِ بو دڑالیس چانہِ ہاوِسے
راوہم رآئڑے مارِ متیوٗ!

پاد کوٗر نے تعشوق پِنہ نے    عالمَن چھس سر دآریے
اَوکے بنبیسں آواز وآئڑے    راوہم رآئڑے مارِ متیوٗ

زار بوز میأنی مأری مندِ میا نے    قدمن لگہ ہوئے پأرِ یے
بو وُنہِ نأو کھس نیَندرے ہا ڑے    راوہم رآئڑے مارِ متیوٗ

گوٗرِ گوٗر کرِیو دورِ بھلہِ میا نے    کرِیو تأبیٹا دأری ے
شب روز روزِ ہا چانہِ خدمأڑے    راوہم رآئڑے مارِ متیوٗ

ہا لالہِ بکھنا سا کے میا نے    ٹھاوَے پیالہِ بڑی بڑی یے
حاضِر ٹھاوَے سارے بِنامڑے    راوہم رآئڑے مارِ متیوٗ

یوز لوتسا ٹھا روز لوتو سانے      بُرہ ٹھقاوَے مُاری مُاریے
ژُو جان بو وندے گرِ کی باٗژے      راوہم راٗژے  مارِہ متیوٗ

از روز مَدلنو مالنہ میثانے      تالیثُن دوٗدُم لولہِ نارَ ے!
کرِ کیاہ پینہ نے بَدقسماٗژے      راوہم راٗژے  مارِہ متیوٗ

ہالالہِ سُور گوم دوربِہ چانے      ژی پیٹہ مے تُجُم خاٗریے
نالہِ بو رٹھ قیامڑے!      راوہم راٗژے  مارِہ متیوٗ

نا د دِن عملن بوزِہ کیتھ میثانے
ہَر دَم چھَم اُمیدواٗریے
یادِ ٹھقاو خوجہ عمہ چھی خوجہ ذاٗژ
راوہم راٗژے  مار متیوٗ



# نارِ عشقُن یارٕ چھُس للہٕ وان تے

عشقہٕ نارن زولنم دِل وجان تے
نارِ عشقن یارٕ چھُس للہٕ وان تے

موت کوٗرُس عشقن مےٚ زاجنم نارٕ تن!
سوٗتی نارن موت کوٗرُس مستانہٕ تے

عقلہٕ دوٗہنم فانوسس منٛز چھی شمع
شکلہٕ پوٗنپر چھُس کران پروانہٕ تے

خالِ لیلیٰ چھُم سینوٗ مُت یتھ دِلس
حالِ مجنون چھُم گوٗمُت دیوانہٕ تے

تالہٕ زرزوے بالہٕ ژامُت چھُم واللہ
حالِ خوٗدراہِ مُبتلا چھُس پانہٕ تے

راتہٕ موغلاہ ذاتہٕ نے تھُرٕ نس تَوے
ساتہٕ ساتے چھُس وُچھان ویرانہٕ تے

مُلکِ ظُلمات وأنیاہ وانَس بہتھ !
چھُس کران سودا بِتھے دُکانہٕ تے

کعبہ بُتخانہٕ لاہ میٚ چھی پنہٕ نے گرے
گَتھ میٚ کرٕی مے پیٚتھ أمے اَستانہٕ تے

لالہٕ روٗکھٕم بالہٕ پانس گوٚو میٚ سوٗر
نالہٕ رٕٹھن محشرنہٕ ماٗدانہٕ تے

کرِیم درشُن دِیَم شَرٕچھُم سبٹھاہ
برسرِ راہ چھُس بہ یوٚمُت آسمانہٕ تے

سوزِ عشقن سوپوری خوٚجہٕ عمہٕ چھی وَنان
بوز ھَر دَم بہ چھی کران بیانہٕ تے



# وائے عشقو کرٔ تھسو دیوانہ تے

ہائے عشقو ژرے چھُم جانانہ تے
وائے عشقو کرٔ تھسو دیوانہ تے

ہائے عشقو چھُکھ ژ میلیتھ ہر ذرس!
یانہ مائلک چھُکھ ژ پنہ ہنس دفترس

جا بجا چھی دیُت مُتئےٗ دُکانہ تے
وائے عشقو کرٔ تھسو دیوانہ تے!

ہائے عشقو چھُکھ تہٕ ساقی چھَم منئے ستھ
دراو ژنی نشہ کان عرفان معرفت

چھی ژرے برٔی برٔی در دس میخانہ تے
وائے عشقو کرٔ تھسو دیوانہ تے

ہائے عشقو پیالہٕ دیُت تھَم مے بٔرِتھ
پھوکہٕ اَکہِ مأشتھر سینیؔایم زَن پٔرِتھ!

چاأو تھَس موے شیشہٕ کے پیمانہٕ تَے
وائے عشقو کٔرتھس دیوانہٕ تَے

ہائے عشقو آکھ لأگِتھ جبأ دی گار
بنٛد بو کٔرتھس چھُی ہٕ لیوان دانہٕ عار

نألی گیمو زُلفہ کی زولانہٕ تَے
وائے عشقو کٔرتھس دیوانہٕ تَے

ہائے عشقو دیُت تھمو دأرِتھ خنٛجر
امہِ تبرے بے خبرے ژۆٹ مےٚ سَر

بالہِ جگرس کوٚر تھمو بریانہٕ تَے
وائے عشقو کٔرتھس دیوانہٕ تَے

ہائے عشقو زولتھَس تاپاے سَر
میانہٕ احوالچی ژٔے پھَے پانَس خبر

ژورِہ نیؤ تھم پاٸہ مےّ دِل وجان تے
والٸے عشقو کرٗ تھسو دیواٸہ تے

ہاٸے عشقو کیشاٸہ کوٗر تھم کربلا
چھُس غمن اندر گوٗمُت مُبتلا!

دَر بَلا چھُس کر عفو مےّ پاٸہ تے
واٸے عشقو کرٗ تھسو دیواٸہ تے

ہاٸے عشقو سُور کوٗر تھم ہیَتھ تنے
سُے ہازانے لیَس یہِ دود پاٸنس بنے

خوجہِ عمٸہ نے تی کوٗرُے بیٹانہ تے
والٸے عشقو کرٗ تھسو دیواٸہ تے



# ہنگہٕ منگہٕ بولان رنگہٕ بُلبُل

کونگہٕ مٔنزہ پوش دڑاو رنگہٕ مٔنزہ پھۄل		ہشگہٕ منگہٕ بولان رنگہٕ بُلبُل
رنگہٕ رنگہٕ رنگہٕ وارِ پھۄلمُت گُل !		ہشگہٕ منگہٕ بولان رنگہٕ بُلبُل

بید مُشکن وۄن بید ہا گُل !		یمبرزلِ پھولنس کر تحمُل !
داوِ لۄگ سہٕ بۄمبرُ کاوِ گاٹُل !		ہشگہٕ منگہٕ بولان رنگہٕ بُلبُل

بادَم پوشو شور کیاہ تُل !		وُچھکھے سہٕ پھُلے دُور وُشُل
گوپا پوشن بویاہ تُل !		ہشگہٕ منگہٕ بولان رنگہٕ بُلبُل

جنگہٕ دڑاو ژوٚنٹھ پوش رنگہٕ چھتہٕ تُل		لنگہٕ لنگہٕ ٹنگہٕ پوش پھیوٚر بلکُل
آکال پوشس ژیری گیہٕ شُل		ہشگہٕ منگہٕ بولان رنگہٕ بُلبُل

لچھہ ناوَا چھہ پوش کچھ مشز پھۄل		عشقہٕ پیچانہٕ دڑاو رشکہٕ سِتی ہیوٚل
وُچھ سبز پوشن دفترِ گُل !		ہشگہٕ منگہٕ بولان رنگہٕ بُلبُل

اَسہٕ وُن گُلابٕ مسولہِ پھۄل !     رٕ ب دار کوسم موسمہٕ ڈۄل
سوٗسُن تٔوسن ڈال بلبُلُ !     ہنگہٕ مشنگہٕ بولان رنگہٕ بُلبل

کرٕہ پوشس نازک یژھہٕ اَوٗیُل     کرٕ یژھہِ پوش بر جوش میٚژِ منز پھۄل
وَنٔدِ زاو ہٕنٔدِ پوش کنہ بہ ژٕ اَوٗیُل     ہنگہٕ مشنگہٕ بولان رنگہٕ بُلبل

ہی پوشس نۄن دژاو چھیہہِ دِتھ ژٕرۄل     ژٕ چھیہہ سوپۆری خوجہٕ عمہٕ وۄل
پوشس چھُ پوشس ستی تو صُل     ہنگہٕ منگہٕ بولان رنگہٕ بُلبل



# ہتو دِلبرو میثون دِل چھی حوالے

گمژ چھس اُداسی بہ چانے خیالے ۔۔۔ ہتو دِلبرو میثون دِل بہ چھی حوالے
ہتو ژی پہتے منے غم کاژ خاری ۔۔۔ کوژم مال و جانس چھونے قبالے

ہتو چانہِ باپہتھ منے ترا یم ساری ۔۔۔ ژئے کر شوبہ بھاؤن میثونے ملالے
ہتو شور سپدم منے چانے امارے ۔۔۔ بہ دوربر چھونے بہ کوتاہ ژالے

ہتو کام دِپوو لگے پاری پاری ۔۔۔ ژئے جامہ شاہی رٹھتھ زورِ نالے
ہتو عشقہ ژوُرو ژ بھوَرہم کپاری ۔۔۔ ووُنے منے بتہ بوزتھ بہ میونے سوالے

ہتو وُزے منے دِلتی بہر شوُژو پاری ۔۔۔ شرق و غرب جنوُب و شمالے!
ہتو تیر اندازو دِتھ زخم کاری ۔۔۔ برِتھ لاپتھم تیر زہر ہلالے

ہتو چھی یہ خوجہ عمہ ونان پانہ زاری ۔۔۔ بران شوقہ چانے عشقن رسالے

ہتو دِلبرو میثون دِل بہ چھی حوالے

# گہے اَسہٕ ناوان گہے وَدٕناوان

رنگا رنگ سُہ بے رنگ دیہہ چھم مَنےٚ ہاوان
گہے اَسہٕ ناوان گہے وَدٕناوان
گہے چھُم مَنےٚ ماران گہے چھُم مَنےٚ تھاوان
گہے اَسہٕ ناوان گہے وَدٕناوان

گہے لوٚکچارس جوانی چھُ زاگان !
گہے بُجرس منز ژھوٚپٕنچن چھُ لاگان
گہے یاونس منز تاوَن چھُ پاوان
گہے اَسہٕ ناوان گہے وَدٕناوان

گہے منز چھِ ترٛاوان گرِہ کس خیالس
گہے کرٕناوان خدمت عیالس
گہے آرِ دِتھ شُری تہٕ باژ راہٕ راوان
گہے اَسہٕ ناوان گہے وَدٕناوان

گہے غم تہٕ ماتم گہے تازٕ شادی
گہے خاص وأران گہے آبادی
گہے شہلس گاہ تاپس منے ترٛاوان
گہے اَسہٕ ناوان گہے وَدٕناوان

گہے چھُم امیرانہٕ کھٔن چیٚن حاضِر
گہے چھُم بناوان گدا گر مُسافِر
گہے چھُم بدٕ ھتہ لدٕ ہنٛس لورہ ناوان
گہے اَسہٕ ناوان گہے وَدٕناوان

گہے چھَم دیان اَزٕ مسجدِ اندر — گہے چھُم دیان چانہٕ باپھتہٕ چھُہ مندر  
گہے کعبہ منٛزٕ چھُم مےٚ بُتخانہٕ ہاوان — گہے اَسہٕ ناوان گہے وَدٕہ ناوان

گہے چھُم دیان چھُس یہ زٕیٚنیٚ منٛزٕ ڈھکانس — گہے چھُم دیان مسجدٕ کرٕ پاٗنی پانس  
گہے دین و مذہب مِلت ترٛاوٕناوان — گہے اَسہٕ ناوان گہے وَدٕہ ناوان

گہے چھم بناوان مسلمان صادق — گہے چھم بناوان کاٗفرِ مُطلق  
گہے کلمہ گاہ رام رام پرَٕ ناوان ! — گہے اَسہٕ ناوان گہے وَدٕہ ناوان

گہے چھُم مےٚ اَنہٕ گٹہٕ ظُلمات ہاوان — گہے خود بخود آبِ حیات چاوان  
گہے چھُم سِکندرِ اعظم بناوان  
گہے اَسہٕ ناوان گہے وَدٕ ناوان!

گہے چھُس بوٚزَن عمہٕ پیران وٕسلکیٚ واعظ — گہے چھم مےٚ حاضر سامان تےٚ ساز  
گہے چھُم مےٚ دردٕکی غزل پرَٕہ ناوان — گہے اَسہٕ ناوان گہے وَدٕہ ناوان!



# بااللہ سُے مُحرمے مظہر نہ آسے

لِلّٰہ بوز سوز یَس اَندر نہ آسے  
بااللہ سُے محرمے مظہر نہ آسے

سَنان گرژھ دمبدم ذاتی بِقال بن  
کِنان گرژھ تی یہِ دَر بازار نہ آسے

ننہن جایَن مہ پھیر وآرانۍ نے مشر  
کنہن عَامن اندر جوہر نہ آسے

تمِسُ مسجدِہ اَتھِنُے کَر چھُ جایز  
یمِسُ سر کعبہ بُت مندر نہ آسے

تمِسُ مستورِ وآریو کر گرژھن جان  
یمِسُ راضی پَنُن شوہر نہ آسے

ونان خوجہ عمہٗ چھُس پوتلین نمائی  
مےٚ ہیٚیو کاشہ کأفراہ کافرنۍ آسے



# شاہ سوندرے کوٚرنس دیوانے

موٗت اوٚسس پانَس مَستانے
شاہ سوندرے کوٗرنس دیوانے

کتێنگ اوٚسس وُچھِتھ کوٚت واتنوٚنس    پنُن تراٚوِتھ پرٚدین باگہِ نھوٚونس
گرِ بینہٕ نے گوٚسے بیگلنے    شاہ سوندرے کوٚرنَس دیوالے

مول موج تےٚ قبیلہٕ کرون ترٛووُم    جوٚگی سیناس لاٚگِتھ یار گوٚرُم !
پےَ بوزُم موٚے چوم لولہٕ ولنےَ    شاہ سوندرے کوٚرنَس دیوانےَ

گوشو نازکیو بوز تو سیرِ اسرار    بوز طالبو ھر دَم روز بیدار
کوٚرُم دیدار پینہٕ نے آستانےَ    شاہ سوندرے کوٚرنَس دیوانےَ

کنو بوزتھے ہا کنو سوز جاٚری    پٲرد ہر سُوسےٚ وُچھے ژوٚ پاٚری
تَوے خوٚجہ عمہ ہَر دَم نالاتےَ !
شاہ سوندرے کوٚرنَس دیوانےَ

# تنہ دردل مۓ بیۆم الہام اصلکُ

یَنہ ساقین یہ چووَنس جام اَصلکُ
تَنہ دَردِل مۓ بیۆم اِلہام اَصلکُ
مِہ کنہ بوز چیّوو مۓ دامِہ اَصلگُ!

سیِر مخفی پیسرن کوزنم بیان
پیرِہ موکھ آم سیرانجام اَصلگُ

دردِ سوزُک سازچھُس پانہ وایان!
پردِہ کنِہ چھُم کھووُمت خام اَصلکُ

گرِ میانے نُورِچ حُورِ وَنوان!
لرہ میانے چھُ ذاتی بام اَصلگُ

نارِ عشقنِ حُسن زول میثون پان
وارِ ڈیوٗ کھُم روے گُلفام اَصلکُ

ذرِہ خوجہ عمہ ذرِہ ذرِہ اَنزراوان!
سَرِہ کر صُبح پتہ چھی شام اَصلگُ

# وَزان ساز و سنطور زیرو بَم چھُم

گرزان نغمہٗ منصور گرے دَمبدم چھُم
وزان ساز و سنطور زیر و بَم چھُم
وجوٗدُک سجوٗدُک سروٗرُک قسم چھُم

گرَس مشِر مےٚ ہر آن بِہِتھ شوٗنہٕ شیطان
بَرس بیٖہِتھ مےٚ دَربان آدم یہِ دَم چھُم

بِہِتھ ہِیتھ سُہ الیاس چھِہ آکھ لچھہ ژوٗدُہ ساس
کرِہمنا تِہند پاس داٗرِتھ ہٲلم چھُم!

مےٚ ساقی تہٕ کلوال چاوان چھُمے حال
لیٖسِتھ پانہٕ سے مشِر بیٖسِتھ جامِ جَم چھُم

نیٚبرِ کنِز مےٚ شوٗبان زمین و آسمان
أندرِ کنِز مےٚ آستان عرشِ اعظم چھُم

لیکھان چھُس یہٕ تقدیر پائے تدبیر
مےٚ پیٖنہٕ لنس اَتھس منز لوح وقلم چھُم

شاسُک وشاسُک پرَان اَبیاسُک
حسابُک کِتابُک بقایا رقم چھُم!

کُفر زانہٕ کافَر چھُہ اِسلامُک سرا
تمِس کلمہٕ رٕہبر مےٚ لامُک قسم چھُم

کوٚرُم پرانہٕ کرِیا ہیٚچھُم پاٹھ پتہٕ لوٚزا
وُچھُم اَدِ آگاہ راہے عدم چھُم

چھُہ خوجہ عمہ بر جوش چھکان یوٗ تلنےٚ پوٗش
یہِ کتھ زانہٕ باہوش درِن بیہ زخم چھُم



# گُل بولاۓ جنس زا لِسے مثرٕ مامرس

دِلبرن دِل ژوٗرِ ینیوٗ نم کیاہ کرس
گُل بو لاۓ جنس زا لِسے مثرٕ مامرس

ہاژرلن آفتاب لِسے ہو ونم مئے پان
کاژٕ زوٗن گا مجنس نوٗے لاۓ جنس درس

مایہِ وٗ جنس ضایہ کوٗرنم راحت جاں
ژھایہ روٗدم تاری بھاوِ نم دِھ برس

بوش حُسنک چھی حسینن بھاوِ دیان
جوش عشقن دربدن مادس نرس

معشوق بیٔلہ حُسن ہاوان قہرسان
عاشقن سُئے عشق لاگان مظہرس

سوزہ خوچہ عمہ روزِ پیٹھ کُن در جہاں
بوزہ پیٹھ کاہنہ کیٹھ پرن توگ آنہرس

# گژھہٕ مٔرِتھ زانٛہہ

ساقین چاوٕنس پیالہٕ بٔرِتھ　　گژھہٕ نہٕ مٔرِتھ زانٛہہ
باقین ہتاوِہ مِثالہٕ پٔرِتھ!　　گژھہٕ نہٕ مٔرِتھ زانٛہہ

کرٛالَن ہتاوِنَس بانہٕ ہتھُرِتھ　　زالن چھِم سرِ راہ
کھالَن رنگ چھُم کونٛدِ بٔرِتھ　　گژھہٕ نہٕ مٔرِتھ زانٛہہ

مکانہٕ لۆدُم گرُتھ نہٕ ژٔرِتھ!　　ٹھکانہٕ دِتھ چھُم شاہ
وَکانہٕ سۄتی چھُم سُے جٔبرِتھ　　گژھہٕ نہٕ مٔرِتھ زانٛہہ

گُلہٕ وِسے ستی چھُم باغ جٔرِتھ　　بُلبُل کران غوغاہ
بُلبُلَ روزِ گُل گژھہ ہٕرِتھ!　　گژھہٕ نہٕ مٔرِتھ زانٛہہ

ہیٚرِہ بۆن چھُم پانہٕ ڈٔرِتھ　　ویرِہ کوٚرمَس تہہ
زیرِ تلاہ وُچھ منٛے سٔرِتھ　　گژھہٕ نہٕ مٔرِتھ زانٛہہ

کریؤکھ گوم عشقُن نیز ترٕکھ !    ڈیؤکھ مۍ حُسنکٕ گاہ !
بیؤکھ مۍ سُے نقشہ دِلَس ہائمرٕکھ    گرٛدھہ نہ مۄرکھ زانٛہہ

تقریر کوٚر مۍ تکبیر پرٕکھ    تحریر ہاوی کیشاہ
تفسیر کھأوِم یاد مۍ پرٕکھ    گرٛدھہ نہٕ مۄرکھ زانٛہہ

سولپوری خوٗجہ عمہ زٕندٕہ مۄرکھ !
رِندٕ کران لاہ ! !!
منصوٗری ہیوٚک تَوے اَن پرٕکھ
گرٛدھہٕ مۄرکھ زانٛہہ



# چانہِ نوٗرانُک قسم

عشقہِ آولِنہِ وٕلِنہِ آیَس ! چانہِ نوٗرانُک قسم !
باغِ حُسنس منٛز بُہتھ چھُس ساز و سامانُک قسم

عشقہِ نارَن زاٗجنم تَن ! ! پیٚوم ژالُن دُشوار !
وارِ زاٗجنِس نارِ عشقن ! عشقہِ آستانُک قسم

بال وُچھِم زُلف تہٕ خال زاٗلی وانکن ہُنٛد شمار
ناٗلی پاٗرِتھم اُلفتُک زال ! زُلفِ پیچانُک قسم

یتہِ بو اندر گیس پردس تَتہِ چھُس زوجان نثار
راجہ رَنہِ ستی گینٛد مےٚ ترٛدس تاجِ رحمانُک قسم

یی چھُ بیرٕون تی چھُ اَندر ! چھکھے بینا وُچھ بہار
خود وُچھکھ مسجد تہٕ مندر کعبہِ بُتخانُک قسم

کپئہ میثون نژاو نُشد بانے      چھم گمتئ أندری پینگار!
سپئہ میثون دڑد لولہ چانے      دپئہ ایمانگ قسم

دورِہ لو بتھم تیرِہ قاتِل      ژوٗرِ بھاونس چھمئہ وار
حوِرہ کوڑ بھم نیم بسمِل      جیم جہانگ قسم!

چھی وَنان سولوٗری خوجہ عمہ      بَس مئے چھم چونے امار
تِی لکہ واں چھس دمبدم      شرطِ یارانگ قسم



# ہر تارٕ حُسن جَلوٕ دِتھ اُہنارِ الٰہی

درتار عشق چھس وُچھان اَنوارِ الٰہی
ہر تارٕ حُسن جلوٕ دِتھ اُہنارِ الٰہی

اوس کُنے دِیُتُن ظہور جلوٕ تروُون برخاک
نفی یُس اَنتھ اِثبات گوٕ واذکارِ الٰہی!

توٕر دوٚپنم بَرٕ بکُمُ یورٕ دوٚپس قالوُابلیٰ
کُس چھُ میثوٗ یاد میٚنتہٕ چھُ یاد اقرارِ الٰہی

آدم آدم خود سپُن آدم چھُ سر سردار
آدم روے آو درجہان دیدارِ الٰہی

دردٕ ستی پیرن مے کرٕنم سیرہ ہٕچھ زان
پردٕ تُرٕ ڈُتُرٕڈُ دژام نوٚن اسرارِ الٰہی

زیوٚن تہٕ مرُن یُن گژھُن دُنیاہ تہٕ عُقبا چھی
ہیٚوٚن تہٕ کٔنُن ہر دُکان بازارِ الٰہی

ییٚلہِ بندٕہ تہٕ مولا گژھ کُنۍ دوٚگنیا پیٚنہِ بیرون
تیٚلہِ بنٛد کرِہ گرِہ گرِہ دربارٕہ الٰہی!

خوٗداہ چھُ بندس مشر بُتھ فِداچھ خوٗجہ عمہ بوز
مُدعا چھُ اَقرب دَرقرآن گُفتارِ الٰہی



# تَتِہٕ لوٗسس وَدن وَدن

یِتہٕ عشقن زولنم بَدن !     تَتِہٕ لوٗسس وَدن وَدن !
ہیتہٕ آیَس ستی غمزدن     تَتِہٕ لوٗسس وَدن وَدن !

اَتھ دأدِس ژھا نجوم علاج     پٕژ ہیتھ حکیماہ وُچھمے مُحتاج
پَتھ کرٕم گتھ آتش کدن!     تَتِہٕ لوٗسس وَدن وَدن !

سُنٛز ژوٚر آم سَن دِتھ ژوٚلُم!     سوٗر حُسنس توٚے کوٚرُم
پور نکھہ چھا کِنہٕ سرحدن     تَتِہٕ لوٗسس وَدن وَدن

جوشس زیرُک ڈیوٚ ٹھُم بَمَس!     بوٗشس سیرک تتھ عالمَس
گوش دِتھ چُھس پننین شوٚدَن     تَتِہٕ لوٗسس وَدن وَدن!

وعظ بوزُم رِنٛشہِ وأعِظس!     راز کھوٚٹُم اَندر دِلَس !
ساز کرٕی تھٕے وأژِس عَدن     تَتِہٕ لوٗسس وَدن وَدن

کارٕ خود چھُم اِقرار دیٖتمُت　　بارٕ امانت بار ہیٚوتمُت
دارٕ تٔس یَس ہورن زدَن!　　تَتھٕ لوٚسُس وَدَن وَدَن

دارِ درواز بند کٔری مےٚ پانٔے　　کارِ مولاہ سپدُم عیانٔے!
بارِ اللہ چھُہ نیکن پتٕ بَدن　　تَتھٕ لوٚسُس وَدن وَدن

سُوے ظلمات اَنہِ گٹہِ لوٲن　　بُوے حیات چھِ تورَے لوٲن
جوپہِ بیوٚن بیوٚن نیران نَدن　　تَتھٕ لوٚسُس وَدَن وَدن

سوز عشقُن پوٚر خوجہٕ عَمنَ!　　روز دماہ لوٚش کرژٕ غمن!
بوز کمٕۍ نادٕ چھی منز پَدن!　　تَتھٕ لوٚسُس وَدَن وَدن



# پان مأرِتھ بنی جان تأثیر

کر ذبح پانَس زان تکبیرا      پان مأرِتھ بنی جان تأثیر
مُرِتھ زِندگی لبکھ مان تفسیر      پان مأرِتھ بنی جان تأثیر

لچھ بڈی کلۍ زٕٹھ کرٕکھ انبار      لاشہِ کر جمع دِکھ سومبرِتھ نار
کرِ بندن پنۍ نین پۆر زنجیرا      پان مأرِتھ بنی جان تأثیر

کر حرام روٗے زَن دیو طلاق زُود      کار وصلُک بنی یار مقصودا
پرِ نکاح تَس سیتۍ جیٚوتھ کیس شیر      پان مأرِتھ بنی جان تأثیر

وُچھ یہ دَم آدم قدم کھٔژاو      دَمہٕ سیتۍ گژھ عدم صدم مُشراو
آسمان و زمین بنی جا گیر      پان مأرِتھ بنی جان تأثیر

ہیندراز چھی بسان ییٚتھ پرستان      تور گژھ یۆری اَن تورُک نشان
یورٕ کین خابَن چھُ تورٕ تابیر      پان مأرِتھ بنی جان تأثیر!

اَژ سکندر رٕٹنِتھ گژِھ ظُلمات    دستِ خوٚد یاوٕ چیکھ آبِ حیات
آب ژامٕنگی شولہِ نَے بِلا تدبیر!    یان مارِتھ بنی حبان تاثیر

خاص کافر یِنکھ کعبہ ترٛاو یَمتھ !    بیت الاعظم گژھ کرتی گَمتھ !
رِج اکبر تتی روز دم گیر    یان مارِتھ بنی حبان تاثیر

حرم وأتِتھ مشی کرم یک آن    گو نہٕن ژواین گژھی یکسان
پیٚتہٕ ما چھی کرُن توبہٕ تخصیر!    یان مارِتھ بنی حبان تاثیر

تراو ارض و سماوات کائنات    گژھ غرق محیط سپدَکھ وِحاط
اِی وَنکھ تی بَنکھ بِلا تقدیر    یان مارِتھ بنی حبان تاثیر!

خوٚجہٕ عمہ چھُ سوٚلوٗرک بسکین
سَتھ چین زینِتھ یہتھ یَتھ چین
چین ما چینگُ کران تقریر
یان مارِتھ بنی حبان تاثیر!



# کرِ جانانس جان قربان

ذرہ ذرہ لول بَر دانس دانس    کرِ جانانس جان قربان
عشقہ ستی گمتھ کر حسنِ آستانس    کرِ جانانس جان قربان

ستھ کعبہ چھی منز صنم بُت خانس    ستن مسجدن زنم وعظ خوان!
ستھ مندر گرِ اندر پرتھ مُسلمانس    کرِ جانانس جان قربان

ستھ پائے شیشہ ہیر تخت ایرانس    ستھ ڈیڈ طوراہ ماز ندران!
ستھ نہنگ بر جنگ تے سلطانس    کرِ جانانس جان قربان

ستھ سکندر چھی منز شہرہ سمانس    ستن اقلیمن حُکم سوزان
ستن ظلماتن ہندس سامانس    کرِ جانانس جان قربان

ستھ گاش بروٹھ کنہ شاہ سلطانس    پرتھ گاش بیون بیون گاہ تراوان
ستھ غولام دِتھ سلام زیرِ فرمانس    کرِ جانانس جان قربان

سَتن طبقن دِ ژُنی غآبِ غآبانس — سَتن فلکن اندر ملکِ روزان
سَتھ سبق جبرئیلؑ دیان اِنسانس — کرِ جانانَس جان قُربان

سَتھ سمندر چھِ منز دورہ دورانَس — پرٛتھ سمندر پَتھُن آب بأگران
چیتھ سمندر چھُ میکائیل پانَس — کرِ جانانَس جان قربان

مایہِ ستی برٛونٹھ ییکھ کھوژمہِ طوٗفانَس — ناوِ منز نوٗح چھِ گرٛایہِ ماران
ژھایہِ اِسرافیل فناہ بازانَس — کرِ جانانَس جان قربان

مُنزی آباد نیر چھیر وأرانس — سیر سیدکھ وُچھتھ بیتُ الامان!
نیر عزرائیل بقاہ ٹھکانس — کر جانانس جان قربان!

سوپوری خوجہ عمہِ نار دِتھ خانَس — کارِ اخلاصُک أنزراوان!
ژھار واجب الوجود لِنشہ چھِ پانس — کرِ جانانَس جان قربان



# ذرٕہ منز ذرٕ ذرّات ؤچھے

ہر وٕنہٕ جلوٕ دِتھ ذات ؤچھے   ذرٕہ منز ذرٕہ ذرّات ؤچھے!
نفٕیس گوٚمت اِثبات ؤچھے

خاکچہ لرِ منز واو روزان!   نارس آب پیغام سوزان
ژوٚرن ہندی حالات ؤچھے!

پانژم پران گوٚو جسمکھ جان   شِنٛے تہٕ ترٛیٛ نوٚچھ تھٕ زیرِ فرمان
دٔہ تہٕ کاہ تاز لغات ؤچھے

کام کرٛود لوب موہ بنیہٕ اَہنکار!   ترٛاوِ یُس سُے بنہٕ خود مختار
وٕژام ساعت نامَس ساعت ؤچھے

مسجدِ بنہٕ نے اندریٚلہٕ ژاس   مُقتدی ڈیٚھٹھم اَکھ لچھ ژوٚوہ ساس
پیشوا سرورِ کائنات ؤچھے

مندرس منٛز ژاس تَن تنہا    پوٗتلین کُن کوٚرُم پاٹھ پۄزا
رام کرشن تہٕ شِوناتھ وُچھمے

بیتُ الحَرم بوٗژاس سِرٕ نو !    حجرِ اَسود وُچھُم پانہٕ دیدَو
کعبہٕ ہیتھ تابہٕ عرفات وُچھمے

بیتُ العظم بیٚلہٕ ژاس اندر    صنم وُچھِتھٕے بہٕ گوس کافر
ذات و صفات اودات وُچھمے

خوجہ عَمہٕنے وُنٛز نٕنۍ حالات !    سِکندر بٕنِتھ ژاس گٹہٕ ظُلمات
جابجا آبِ حیات وُچھمے
ذرہٕ منٛز ذرہٕ ذرات وُچھمے



# تھاوکن سوخنن تڑاوغم

باوآو عشقس دمبدم    تھاوکن سوخنن تڑاوغم
ناو دڑاو حُسنس باچشم

سۄتھ کُھڑ چھی میٲنس مکانس    سۄتھ قُلف اُکِسے خزانس
اَکِہ کُنژِ سٟتی کڈِم سۄتھ رقم

دۄن قاتلن گرِ دزِم جاے    ژۄن شاہدن سٟتی وۄتھکھ نیاے
شَین منز رۄچھم ذاتی زخم

سۄتھ زمین بٹیہ تُو آسمان    گیہ پادِ از من بیک آن
تدبیر تقدیر لوح و قلم

اَکھ لچھ ژۄوۄہ ہمہ چھ سردار    پکھ وُچھ مۓ لنش رتم چھہ اذکار
تخت تاج بُمے دارُالحرم

سَتھ ناگ چھاٲوِتھ ژٕ بیتھ دور     سَتھ باغ ترٛاوِتھ چھ وَتھ تور
تتھ عالمس وٕژارُک سویم

نہ چھَ تتہِ مسجدٕ نے نماز     نہٕ بانگ نے امام نہ چھُ واعظ !
نہٕ چھُ کاٲنسہِ کُن کرُن تتہِ سَرخم

نہ ملّت مذہب نے فُرقان     نہٕ گوناہ نہ ثواب نے پرستان
نہ چھُ تتہِ ہیم تے نہ چھُ یَم

نہ چھُ پاٹھ پوٗزا نے مندر     نہ چھُ یوٗنہِ تتہِ نے ژھوگ برسر
نے ڈٕکہ ٹِکہٕ نے تتہِ سویم

وۄن خوجہ عمٕنے کیاہ بہ یکسان     زانن شرح صاحبِ زان
پخٕتہِ داٲرِتھ چھ نقطن ہلم !
تھاوکن سُخنن ترٛاو غم

نہ چھُ تتہِ کلمے نے رام رام !     نہ چھُ کُفرُے نے اسلام
نے کعبہٕ نے تتہِ بیتُ الاعظم     تھاوکن سخنن تراو غم



# گرٕ لنشہ سرٕہ کرکیاہ گوو ظٕوٗن

ذرٕہ ذرٕہ میٚلتھ طرفن ژٕوٗن　　گرٕ لنشہ سرٕہ کرکیاہ گوو ظٕوٗن
پانےٚ ہیٚرِہ تےٚ پانے چھُہ بوٗن

ظٕوٗن کرپیدا سپدی زان!　　مِن حَبلُ الوَرِید چھی فرقان
سُے آیہٕ کریم لِنشہ عالٓمن

موٗردار پاک کرِ موٗردارس　　لو رنگ چھی ثمٕس جالنوارس
سَتِہ چھُس شمار وَتِہ چھُس ژٕھین

اَنگی دوٗپ اَرِس وَلِہ کرُو مان!　　اوٚر چھُکھ پکنس چھےٚ نہ کاہ زان
رنگ روٗٹ سنگیو جنگ ووٗتھ دوٗن

اَنی دوٗپ میٚےٚ نِہ وُچھ پانےٚ نواب　　کاَنِ لتس کوٗرنےٚ تورٕےٚ جواب
تاَنی اوٚن پیغام موذوٗرن

کُلو دوٚپ کجرس منٛز چھُ ثواب  ذٔری کوٚر بوٗزِتھ سخ اِضطراب!
ہیٚتھ شُژ وُل کوٚر تہٕ حیامن

اَنِہ گوٚٹ میراث راتِہ موغلس  کوہ کوہ پھیران دوہہ گاشس
گٔنِہ رٕس روٗزِتھ ژھایہ کاوٗن

راتِہ کرٕمس بَراہ چھُنہٕ دوہلی گاش  ژھایہ چھِی روٗزِتھ پرٛایہ آگاشس
مایہ چھِی وۄلمُت روت گاشن!

نہ چھُ تتہِ کلمہ نہ چھُ تتہِ رام  نہ چھُ تتہِ کُفرے نہٕ چھُ اسلام
نہ مِلت مذہب شام صُبحن!

تورِ کِس عالمَس لورِچ زلہٕ  توٚت وٲتِتھ مَشان شیطان تہٕ شو
تمِہ جایہ اَن پوٚر منصوٗرَن

تورِ کس عالمِس لورِچ وَتھ!  توٚت وٲتِتھ مَشان یورِچ کتھ
شُتھ ہیتھ خط کوٚڈ گُفتارَن

سولوری خوجہ عمہ توریلِہ گوو  چین منٛز باگن وٲتِتھ پیوٚو
رُومیو دوٚہس یورِ کےٗ بَن!  گرِ نشہ سرٕہ کر کیاہ گووِ ظلوٚن



# روئے محمدؐ ھاشمی

رُوبرو وُچھِے ہا بوعیان روئے محمدؐ ہاشمی
مُوبہ مُو وُچھِے ہا بوعیان موئے محمدؐ ہاشمی

وَاللّیل مویَس شاۂ شوٗبان دَرقرآن دوٗبِنے رَبّی
وَالضُّحےٰ التعریف پُرزان روئے محمدؐ ہاشمی

خود خدا بینیہ حوٗرِ غلمان معہٗ مُلکِ آسمانکی
چھی دروٗد وصلوٰۃ سوزان سوئے محمدؐ ہاشمی

آسہِ ہے ماکاۂنہ شَیاہ زان لولاک لما کر سہی
یاۂدِ گے کل ہُم بہ یک آن خوے محمدؐ ھاشمی

دڑاپہِ جنگس یاۂ نے ستر اوس وذان طبل بنی!
کاۂفرِوان زود ایمان سُوے محمدؐ ہاشمی

ڈُزِ دِنے گوس درگُلستان جوش پھوُلمُت پوش چھی
ہر گُلس مشرُ وُ چھ سے مٹے یوان بوئے محمدؐ ہاشمی!

ڈُدیٔ میتس باغس گُلستان اَز کرم نا مٹے بنیؐ
جو یہ آب پھیرِ نا مٹے یک آن جوئے محمدؐ ہاشمی

بوزخو جہ عمہ از دِلو جان چھی پران صفت نبیؐ
روز و شب کمہ نالہ دِوان کوئے محمدؐ ہاشمی



# اوٗنٛہہ کتہِ یوٗت حُسن جمال

سوٗندری عالَم کوٗرُکھ پامال	اوٗنٛہہ کتہِ یوٗت حُسن و جمال
اٰنِٛہہ کتہِ صوٗرتھاہ بیشُراہ جان	جہاں فلواہ کوٗرُکھ یک آن

فِداگے غوث قُطب ابدال !	اوٗنٛہہ کتہِ یوٗت حُسن و جمال!
ژیٚنہِ لِنثہ روٗٹ آفتابن رنگ	گمٕژ زوٗن جلوہ ڈٕیشِتھ تنگ
ستارٕن منٛز چھُے سُے آفال	اوٗنٛہہ کتہِ یوٗت حُسن و جمال

صنوبر قد وُچھتھ منٛدِ چھان	چھُہ شمشاد خوٗ دٕژھتھ ارمان!
توٚے سَروس چھُہ گومُت دال	اوٗنٛہہ کتہِ یوٗت حُسن وجمال

ڈٕیکس چھِہ ٹیکہٕ ہٕٹس ہنزوٗر!	مُژھن باوٹ کٔمن کنٛہِ دوٗر!
ئمن چھُے مأنز بمن منٛز خال	اوٗنٛہہ کتہِ یوٗت حُسن وجمال

چھُہ خوٗجہ عمہٕ چانہٕ محبتہٕ ستی
کران خوٗد حیلہٕ برپأ کتی
یِران تعریف یِیٚومُت دٕرحال
اوٗنٛہہ کتہِ یوٗت حُسن وجمال



# دیدوو چھکھ دیدارِ دل

یُدوَے بَنکھ غمخوارِ دِل     دیدو وچھکھ دیدارِ دِل !
اَدِ چھُکھ ژِ دعوئی دار

دِل چھی سیرِن ہُشد گرے     کل نیران تَمہِ دَفترے
اثبات کران اقرارِ دِل

دِل چھی دِلہٖ سے پہَتھ فِدا     دِل چھُنہٖ دِلہٖ نشہ زاٰنہہ جُدا
مِلہٖ وَن کرِہتھ از کارِ دِل

وَہتھ چھے اَندری دوّن دِلَن     کَہتھ چھے مولوٗم واٰصلن
سِتھ ہیتھ کران شمارِ دِل

یُدوَے روزکھ دِل صَفا     سوزِس ستی روز بالفعاٰہ
بوزکھ کنوٗ گُفتارِ دِل !

شہراہ چھُہ دِل مُلتانُسی   اَندرٕ بستھ اَلمانُسی! !
گرما گرم بازارِ دل!

یَس ژَلِہ کھے اُیَینسے!   سُے وَسہ دِل کس نگینسے
دُرکھارہ اَز شہوارہ دِل

دِل چھُے کعبہ نمَتہٕ تھَتھ   سرہوش باہوش کرتہٕ گیتھ
ہرسُو لبکھ اَنوارِ دِل

نقطہٕ دِلک زانُن عیار   مختس کران مائے تیار
پختہٕ کران اِظہارِ دِل

سوپوری خوجہ عمہ دِل ہوشیار   سَرخم کرِتھ دَرراہِ یار!
ہردَم کران دربارہ دِل
دیدو وُچھکھ دیدارِ دل





ءُ طبیب الفارغائب بیئلہِ گوو          سارِ ستہ ڈہری بینیہِ وائتھ ہیئوو
تی وُ چھمھ حارتن سپدی قلاش

دوّپ سلیمانَس رئیہِ اَکہِ دا ـــ ے !          سَتھؔ سلیمان یَتھ بُوسرس آ ـــ ے
گےَ سُپردِ خاک کم کم عیاش !

بس رُود صائبرِ ستو صبرس !          پائڈ کیمو تُلرِ تَس بینیہِ بَدنَس !
تَس مَلک تہِ فَلک کران شاباش

حضرت خلیلسؑ آوفرمان          گرِژھو اِسماعیلؑ کریوُن قربان
نیئندرِ گوو بیدارجل کوّرُن تلاش

حضرت یونسؑ گاڈِ ہنگلوو ! ! !          قدرتہِ ہنہِ تمیؑ موجود تھوو ! !
گاڈِ ترژوو واپس آس فرماش

حضرت موسیٰؑ کلیم اللہ ! کیھتہ کرژون اوس سۓ باخدا
طورہ پیٹھہ نورہ ستی زُودُس نہٕ جاش

سوپوری خوجہٕ عمہ وَنان خواہی ! آلو گوم از دَرگاہی !
نقشہ ترأوِتھ گوم نقاش !
مَن کھاو بیدار غافِل مہ باش



# گاشِرس چھ گاشِیچ ماے

دَم چھُ پُردم غم خاورس      گاشِرس چھ گاشِیچ ماے !
ہئو تہٕ اللہ اکی سے وَرِس      ہا چھُ زٕٹھ دوٚن ہنز ترٛاے
روح چھ پھیران تتھ بازرس

گیہِ نوٗحس ناو منز سَرس !      سہلابس کوٚت لوٚگ آے
نُجہِ اکہ دیٗت شُپ ہٹِہ بَرس

اوس سلیمانؑ بیہِتھ تختِ ذرس      ریٚیہِ اکہِ تس دوٚپ نے داے
سٗتھ سلیمانؑ سرہ بوسرس

زاو خلیلؑ تس آذرس !      آو پوٚتلن تُلنے نیاے !
ژاو پھُٹرنہٕ پوٚتلی گرس

حق شناسی چھے حق پرس      حقُ الحق وٲصل بنیاے
شک تہٕ شُبہ چھیٚ اَن پرس

شاہ چھُ نَو جہ عمٰہ لاہ دِتھ مرس
گاہ چھُ وُچھان پننی ژھاے
کار أنزران نار دِتھ گرس
گاشرس چھ گاشِچ ماے



# میٚ نیوٗتم دِلبرن دِل وجان

میٚ نیوٗتم دِلبرن دِل وجان — تمِس دیوٚ اَہرمَس وَنہٕ کیٛاہ
ونبس ناکانٛہہ یہٕ ناگزِھ جان — یہٕ چھُس منٛز ماتمس ونہٕ کیٛاہ

گرٛزان چھم نغمیٚ منصور ! — یہٕ چھُس تتھ سوزٕ سے مسرور
وزان چھم سازوٚ نےٚ سنطور — ییٚھِتھس زیر و بمس وَنہٕ کیٛاہ

چنگٕ دایرہ دھار وٚ نےٚ — یہٕ چھےٚ سأزٕ ے وصوٗ لچ کےٚ
وُزان سیتارہ پےٚ دَرپےٚ — رُبابس مَدھمس وَنہٕ کیٛاہ !

لرے میٛانےٚ کوٗرُ رے سرخم! — تھرے پھٔلۍ تازٕ پوش یکدم
مرے میٛانےٚ آو عالمٕ! — گرے مازس نمس ونہٕ کیٛاہ

لٔبم ازٕ پانہٕ آزأدی ! — رہا گوس قأدٕ منٛز قأدی
باللہ دِلُس منٛز چھم شأدی — لِلہٕ ونتم غمس ونہٕ کیٛاہ !

ڪَران ڪلوال پائي سح ! يوان عاشق ڇهه پَئي دَر پَئي
ٻَران سائَقي ڇُهه پيالِءِ نئي مَئي عجب جامي جُمس وِءِ ڪياه

ڏِهڪس مياءِنس يہ قسمت ڇهي حُقس مياءِنس تِہ ڪُس ڪاءِسي
ليڪهِھ يي آسہ واهم تي ! ! عُجڪهِھ جادَس ڪمَس وِءِ ڪياه

مُدا خوجہ عمہ فدائي مَن !
جُدا نو قطرہ ڇُهنا خاصن !
وِصل ڇهي واُصِلن ٿهاوڪن
اَصل نامُحرمس وِءِ ڪياه



# نَے نِشانَے چھُم یِوان نَے کاہ٘ہ نباہ

گو وکرِتھ دیوانہٕ کوٚرت مےٚ دِلرُبا
نَے نِشانَے چھُم یِوان نَے کاہ٘ہ نباہ
چھےس وَتن وُچھان کتین شام و صُبح

یوٚرہٕ ووٚنمس ژھایہٕ ہوٚل بوساہ کرے
توٚرہٕ دوٚپنم یان چھل گوڈٕ کوٚژرے
نِی وَنُن میوٚن گوس شایدٕ بَرتباہ

ژوٚرِہ پاٚکھٕ ژوٚل میانہٕ اندٕ تھووُن ٹھوٚرے
رُوح مےٚ نیوٚنم تورِ ینیتہٕ ژرُون موٚرے
ہوٚٹ ہا وُچھنے کھش کوٚرُن یعنی ذبح

مرگزارٕ چ میٚژ چھِچن ظاہر پیٚرِتھ
ژوٚرِہ نیوٚنم دین ایمان ژھل کٔرِتھ
ترٲوِنس مُفلِس کٔرِتھ حالے تباہ

کھُہ اَکھاہ کرِ صبحکِس واوس خبر
سُہ اَنِس پابند کٔرِتھ بادے دِگر
تس کرن اِدٕ نیک وَبد صد مَرحباہ

ژھاری ژھاری گوو زُوس پاش پاش منٛز تے  ؤدی ؤدی ہا تھوک اَچھن ہُنٛدگاش منٛز تے

خوامخواہ بَرسر ہیٚژم پانس رباہ

چھُم تمنّا وُچھنہٕ روزس بڑو شُہٹی پئے تہ!  ییتہٕ پہ ہیکہٕ ہس تیتہٕ کرہس نالہٕ مٔتہٕ

ییلہٕ سُہ ییہٕ پہرٲہ گرٲہ یا اکہ شباہ

خارِ عشقٕنہٕ سوپوری خوچہ عمہٕ رِوان  نارِ دٔودمُت کوچہ بازٲری وٕنہٕ دِوان

پیٚ وَنان کرچارہٕ سُوئے یار باہ  ئے نِشانے چھُم یوان ئے کانٛہہ نباہ



# سۄر کوٚرنم صۄرت گرن لوکچار سے لوکچار سے

ہے ویٚسی یہ لاٗجنس دِلبرن — آزار سے آزار سے!
سۄر ہے کوٚرُم صۄرت گرن — لوکچار سے لوکچار سے

اوُس میٚے ستی کوٚرمُت قسم — پھُرطن توٚے آم یوٚت سِتم
اِقرار دِتھ پھیوٗرِیک قلم — اِنکار سے اِنکار سے

یِمہ کِنھ میٚے تہٕ تَس آپہٕ دَر — ماٗس تِمچ کاٗ لِنسے خبر!
تِمہٕ کِنھ ترٲوِن سر بسر — بازار سے بازار سے

یکسان گُے بوٗن سُخن! — دوٗگنیار تھوٗون در بَدن
کرہ کیاہ زاہُن دِژنم یہٕ تن — ہِلژار سے ہِلژار سے

یُنہٕ گوم تَس ستی ہوٚل کلام — تِنہٕ گوم دُشمن خاص و عام
سُے شُہرت گے روم و شام — سمسار سے سمسار سے

دۄہمِس یورِ کلہٕ ماژٕ رۄشس! — خونے جِگرٕ تھاوَے بہٕ نوش
ڈٕنٛی ڈٕنٛی تۄرٕہ کھتووُنم بہٕ گوش — گُفتارٕ سے گُفتارٕ سٕے !

نِشانہٕ چھُس حُسنِ عَجب — دیوانہٕ کرٕنَس نوش لب
وُچھنے روزِس روز و شب — اَنہارٕ سے اَنہارٕ سے!

اُلفت چھُ سوپورُک بَقال — خوجہ عَمہ نامی دَرمِثال!
پیاران تٕمِس گوو کوٚت کال — دیدارٕ سے دیدارٕ سے !



# بندہ سرٕ کر سپدی سرٕہ لولو

گرٕہ میٹانے چھُ عشقس گرٕ لولو      بندہ سرٕ کر سپدی سرٕ لو لو
مَرٕہ میٹانے آو دفترٕہ لولو

مینّو ہا لدٕنوو آدم صَفیؑ اللہ      مینّو ہا کُنٕ دوّپ رُوحن قالوا بلیٰ
مینّو ہا پاٰدٕ کوّر ذرٕہ ذرٕہ لولو

مینّو ہا حضرت نوحسؑ ہوو طوٗفان      مینّو ہا دوّبمس ناوٕ مٹزوس یک آن!
مینّو ہا عالم کوّر سرٕ سرٕہ لولو

مینّو شدّادس کوّر جنّتنگ فرمان      مینّو بھقوُوس تتھ اُٹزنگ اَرمان
مینّو ہا پووس درواز پرٕ لولو

مینّو ہا وَدٕنوو یعقوب زار و زار      مینّو ہا نیوَمس یوُسف ماہٕ رو خسار
مینّو ہا کنٕہ لنو کھوٹہ بازرٕ لولو

مینو ہا تورات، زبور، انجیل سوز      مینو ہا پڑھے مینو ہا تتھ معنے بوز
می ہا فرقان دِل وصالِ سرہ لولو

مینو ہا موسیٰؑ کرلوو طورک بیان      مینو ہا عیسیٰ کھالنوو بر آسمان!
می ہا نمرود گول تمہِ شرِہ لولو

مینو ہا داوٗد تڑوو دَر راہِ مَردان      مینو ہا ٹھوومس تخت تاج ہیتھ سلیمان
مینو ہا ٹھوومس ستی لشکرہ لولو

مینو ہا حضرت یونسؑ گاڈاہِتھ کھیوو      مینو ہا کھیوو تے مینو موجودتِیہ ٹھوو
مینو ہا واپس تڑوواکہِ ذرِہ لولو

مینو ہا وَرِہ نوو سوپوری خوجہ عمّہ راز      مینو ہا پوڑمس وِزِ وِزِ عشقُن واعظ
مینو ہا پڑی پڑی ٹھووان پرہ لولو      بندِہ سِرگرسپیدی سُرہ لولو



# چاۓنی محبتن کرُس فلواہ

چاۓنی محبتن کرُس فلواہ    نُندٕہ بانہٕ معشوقہٕ کیتھٕ چھی وطن
ژٕوے چھُس روزان وُچھنے وَتَن

خبر منظور تھاوٕہا مہٕ تَمتھ!    یہ سوزٕہے قاصدس اَتھہٕ خط!
اَز کل پَرٕدھ چھٕنہٕ پننین اَتھن!

توَے دیوان دِل گوو میثون    مےٚ وُچھ دورے روخسار چوٗن
زالس لاۓجنس چاۓنی خالہٕ خدَن

توَے نالان چھِم دردٕنے    مےٚ چیوٚو اَمے میخانگ مَے
گاۓمژ چھِم مِلون ضربَن سَتن

وَتَن لاریوٚم لتن ہُشد ماز!!    یہ پھیوٗرُس عالمَس بے باز!
دِتِم وٕنی جابجا صورتن!!

بہٕ مور تھس بے گناہ واجِد — یہٕ لاش میانٛز چھےٚ تمہٕ شاہِد
ژٕ ژٕٹھتھ سر تروٗو تھٕم ناحق زتِن

ژےٚ لایہتھم حُسینی کرتل ! — ہیٚتھر پیوٗس صد رنگ برتل !
مارِتھ ترٛاوُنس زن لوکہٕ ہتِن

مےٚ دوٚیمےٚ چھُس بہٕ صد بیمار — کرُم یاری اگر چھُکھ یار !
ژےٚ کرِتھم تجویز شیر شربتن

گمُژ دردِل مےٚ چھَم سُے کل — ژٕ کرکانہہ چارٕ میوٗن مُفصَّل
مےٚ کیاہ تھوو باقی اُمی شفقتن

اَوَل اَےِ سے مےٚ ہستی زان — ژٕہ چھکھنا روے مےٚ پرٛزناوان
بہٕ چھُس ناخوجہ عمہٕ خادِم وتَن
بہٕ چھانٛی محبتن کوٚرُس فلواہ



# وُچھ مےٚ جانانہٕ دیدو پانہٕ اِمشب

وٕنِھ کس زانہٕ گوسِس دیوانہٕ امشب
وُچھ مےٚ جانانہٕ دیدو پانہٕ اِمشب

نوٚ وُے ڈیوٹھُم تماشا آم حاٗرتھ پوٚرم مقصود موجوٗد کوٗر مےٚ غاٗرت
نوٚ وُے ڈ ٲشتھ پہٕ پیوٚس اُسمانہٕ اِمشب

نوٚ وُے شہزاہ بنیوُمت چین ماچین نوٚ وُے شاہا بِہتھ بر تخت زرین
نوٚ وُے حُکماہ نوٚ وُے کارخانہٕ امشب

نوٚ وُے باغاہ نوٚ وُے باغس اندر گُل نوٚ وُے بولان لگے اٗکس چھُ بُلبل
نوٚ وُے پھولمُت گُل وریحان اِمشب

نوٚ وُے سُلطان نوٚ وُے مُلتان ڈیوٹھُم نوٚ وُے نَس خلعتِ شاہانہٕ ڈیوٹھُم
نوٚ وُے لشکر نوٚ وُے فرمان اِمشب

نوٚوُے مُلکھاہ نوٚوُے سورُے چھُ بازر     نوٚوُے چرخاہ نوٚوِ ساٗری خریدار<br>
نوٚوُے واٗنی نوٚوُے دُکان اِمشب !

نوٚوُے سودا نوٚین واٚنن نوی روز     نوٚوُے وُزناہ چھُ پرماٚنن کنو بوز<br>
نوٚین ترٚزکرین نوٚوُے تولاہٕ اِمشب !

نوٚوُے کلوال نوٚی مے میخاٚنن !     نوٚوُے چاوان نوٚوُے مینان باٚنن<br>
نوٚوُے ساقی چھُ دٕرامُت پاٮ۪ہٕ اِمشب !

نوٚوُے عُشقاہ چھُ دٕر بازار ییومُت     نوٚین عاشقن ہٕتہٕ وُچھِتھے سُور گومُت<br>
نوٚوُے معشوق چھُ دٕرامُت پاٮ۪ہٕ اِمشب

نوٚوُے غزلاہ نوٚوُے زیر و بمُک سوز     نوٚوُے بوٗزتھ یہ گوسے کیٚتر دِوان نوٗز<br>
نوٚوُے خوجہ محمدٕ وَنان داستان اِمشب<br>
وُچھ مےٚ جاناہٕ دیدو پاٮ۪ہٕ اِمشب



# حکیما عاشقس عشق کیٲزِ زالان

حکیما عاشقس عشق کیٲزِ زالان! — یہِ معشوق سُندُے حسن کیٲزِ ڈالان
دِوان نالہٕ بُلبُل دِپان کرُو چھن گُل — روان دَمبدم دَرصدم کیٲزِ نالان

چھُ عاشق یہِ بمبور تُلان پوشنے ولۄر — یمبرزلہِ ہندُے ستم کیٲزِ ژالان
چھُ بے شک یہِ پۄنپۄر وچھان شمہٕکۍ نُور — بہٕ ناحق پانٕے پان کیٲزِ زالان

گُلابس چھِ سُے کل وُچھن کرمَسول — تیمے خارٕ بے عارٕ پان کیٲزِ گالان
چھُ خوجہ عمہ بہ احکام پران کلمہٕ تے رام — یہوٚے کفر وِ اسلام دین کیٲزِ پالان



# وَنہِ ویّسی یے کراثدِ نیلاے میثوُنے

وَنہِ ویّسی یے کراندِ نیثاے میوُنے    بَنہِ کمہِ اندِہ مو کلن پاےَ میوُنے
ہَنہِ ہَنہِ گو وا اَمارِ ضنایہ میثوُنے

ژوٗرِ نیوٗنم دِل و جان ہی مالے    باغِہ منٹرے مو کھ ہوونم بالے
ناگہِ اندرَے ژوّل ناٗ گراَے میثوُنے

پاٗرِ کوٗرنم حورے ہنم بسمل    وارِ لوہنم دوٗرے تیرِ قاٗتِل
ماٗرِ کرٗانس چھُسنہِ پرواے میثوُنے

بسہِ کوٗرنم عشقن ژام زَل زَل    رَسہِ ہاٗونم حسُنیج آکھ وُزمَل!
ولسراوہن دوہسہِ قلاےَ میوُنے

روز ملکن تھَرِ اَژِ باکھ. بوٗزکھ    سوزِ خلقن بوزِ ناٗوی سینہِ چاکھ دِتھ
بوز فلکن الراوِ واےَ مستیوّ

شُلہٕ ماتم پأرِتھ نیرہ بازار　　وَدِ نأوِکھ حدٕ رُسی جاناوار
کُلِ عالَم بوزٕ ہُیے ہلٕئے میٖثوٕئے

ڈولہٕ خوجہ عمہ دوہہ اکہٕ اندمزار　　بَرٕہ پوٕشکو پأٹھۍ گژھٕ دُرسمسار
لوٕلہٕ للہٕ وَن تَب کمہ دلٕئے میٖثوٕنۍ
ورنہٕ ویٚسۍ یے کراندِ نیاے میٖثوٕنۍ



# رأچھی کرٕی کرٕی چھُس تھاوانے

مےٚ ہا چھُ دِلَس لول تہٕ محبّت!   رأچھی کرٕی کرٕی چھُس تھاوانَے
ای چھُ نفی یس گوٚمُت مےٚ اثبات   کوٚچھِ اندر چھُس للہٕ وانے

روز وَنے الفقرُ فخری   سوز وَنے وَالفقرُ مِنّی
بوز کَنوٚ حدیثِ صحیح!   چھی فقیرس تی گدُرانَے

عاصہ خرقا، تسبیح تہٕ کُلاہ!   یِمہٕ چیز چھی مکرُک سِلاح
چھُنہٕ فرمان رسول اللہؐ   نہ چھُ لیکھتھ آیہ قرآنَے

دوٚن قائلِن ستی چھُم اخلاص!   ترٛین شاہدن ستی چھُ اَتھواس
ژوٚن اَفسرن چھِ تابع عام خاص   پأنژِم نمان پانَس چھُ پانَے!

شےٚن جہاتَن دوران اذکار!   ششُ کل وَزان ہرتاہٕ کن دار
سَتن مرسلَن ستی اَرداہ ہزار!   اَکھ لچھ ژوٚوُہ ساس شمار دانَے

کارِ درویش دَم و ہتراون! بارِ امانتھ بار للہ ناوَن !
ہار پرُدسپیر پرکھاوُن ! نارِ انفاس چھُنہٕ آسانئے !

سُتھ سپیرِ چھی تاکید سپیرس! ستھ چھہ ضرب بمس تہٕ زِیرس
ستھ گاش چھی تابان فقیرس پرٕتھ گاش بینون گتہٕ مارانئے
اُٹھ چھہ بمان نئے وُچھتھ ناسوت دَہ چھہ دَرمَن دَر مُلکِ ملکوت
سَتھ تہٕ دَہ سمن سَدہٕ ہن چھہ جبرُوت اَردٕہن منز چھہ لاہوت خانئے
شریعت چھی کن اثباتُکُ ! طریقت چھی نفی یُک تہٕ ذاتُک
حقیقت چھی گاش ظلماتُک ! معرفت چھی حیاتُک بانئے
ییٚلہِ طالبس فنا فی الشیخ بَنہٕ تیٚلہِ ژھارِنس فنا فی الرّسول کنہٕ
فنا فی اللہ ژکھ دِیے کاس منہٕ بقا باللہ عزّتُک شانئے!
علم الیقین کلِمُک انجام عین الیقین اَصلُک پیغام!
حق الیقین لِنشہٕ حق اُتھِ آم بندٕہ تہٕ مولیٰ چھہ تَتہٕ یکسانئے
دوٚن اَشہن ہُند چھُنہٕ شرح ترٕہن بیت کٔہن دِتھ پُور طرح
ژوٚرِم چھی نامن وَراءُ دراء ! پائِ ژرِم الآن کما کانئے

خوجہ عمہ چھی خط دِتھ مماتس
پتھ ظلمات چیتھ آوِ حیاتس
رِندٕہ چھُی نفی گران اثباتس
زِندٕہ مرِی مرِی بنیہ سپدانئے

# کمیوٚ زالہٕ وَلنَے آکھ

گُل لالہ ماہِ مِثالہ! کمیوٚ زالہ وَلنَے آکھ
شُلہِ گوٚرے ژٔرٕے نأری جنجالہ کمیوٚ زالہ وَلنَے آکھ

آبَس چھُ نارٕ حوالہ! واوَس چھُ میٲلتھ خاک
کعبس چھُ پأنژھ کبالہ کمیوٚ زالہ وَلنَے آکھ

دوٚن ہُنٛد چھُ آکھ سوالہ ترٛیَن[۳] شیٚن[۶] ستَن[۷] چھی راکھ
نٔوَن[۹] چھے ارٛداہ[۱۸] تالہ! کمیوٚ زالہ وَلنَے آکھ

بُلبُل ژٕ چھُکھ درنالہ منز باگ چمنن ژاکھ!
باگُل ژٕ چھُکھ دنٛبالہ کمیوٚ زالہ وَلنَے آکھ

شیخ صنعا خوش خصالہ! زُنّار پوٚرِتھ دژاکھ!
فرقان ژٕنیٚ کوٚڈُتھ نالہ کمیوٚ زالہ وَلنَے آکھ

تہ مجنون گوکھ سالہ    تتہ کیشاز بیھیرتھ آکھ
وَتِہ کھوٗتکھ نجدکِہ بالہ    کمیوٗ زالہ وَلنئے آکھ

خوجہ غمہ چیھتھ آکھ سالہ    مستانہٕ موٗتےُ زاکھ!
ہرَدم دِوان چھُکھ نالہ    کمیوٗ زالہ وَلنئے آکھ



# سۆر کۆر ھتم دِلبرے لولو

بۂ لوٗ چوٗن دۆر ہر ذرے لولو    سۆر کۆر ھتم دِلبرے لولو!<br>
سبزٕ جامہٕ ڈلِم چانہٕ سَرے لولو    سۆر کۆر ھتم دِلبرے لولو!

سبز چھُہ سُلطان سبزٕ چھُس تاج    سبز ملکن اندر چھِی کران راج<br>
سبزٕ لاہوٗت چھُہ دَفترے لولو    سۆر کۆر ھتم دِلبرے لولو

سبز ملکن بسان سبزٕ آدم    سبز مسجدن کران سر خم<br>
سبز چھُہ نوٗرٕ اَنورَے لولو    سۆر کۆر ھتم دِلبرے لولو

سبز ملکن بسان سبزٕ سارٕی    نائلی چھَکھ سبزٕے سبزٕ وردی<br>
سبزٕے چھُہ دژاہژ وَرے لولو    سۆر کۆر ھتم دِلبرے لولو

سبزٕ پنجرس اندر جاناوار    سبز خوشِ طوطا کران گفتار<br>
سبز سَر بَنہٕ شاہ پرے لولو    سۆر کۆر ھتم دِلبرے لولو

سبز پرستان گرڑھ سبز روزکھ　　　سبز ییندرازُن سوز بوز کھ
سبز پڑی ئین چھُ تتِہ گرے لولو　　　سوٗر کوٗر تھم دِلبرے لو لو!

سبز ئیرہ کرنے نیر بازار　　　سبز لوٗن وَہٕ نےُ چھُ بوٗڈ دشوار
سبز خوجہ عمہ کران ئسَرے لولو
سوٗر کوٗر تھم دِلبرے لو لو!



# گرِڑھ ویّسی یے لالس وَ نتے لولو

گرِڑھ ویّسی یے لالَس وَ نتےَ لولو — یرڑھ پڑھ عار تَس اَ نتےَ لولو!
مارے چھِم تمُ ہشز دانس دانَس — جارے کرَسے دیدَن تے لولو

تارِہ دِل کوژنم لٹہ اَکہِ ییہِ نا! — دارِہ بَر روزس وُچھِنہ تےَ لولو
جیرِہ چھُم نیرِ ہا وَتہِ چھَم نِہ مولوَم — پھیرِہ ہا کوہ قاقن تےَ لولو

زوگنم یندری گاٗ جِنس أندری! — لوگنم کژالِہ سُشُندِیَن تے لولو
ہکتہ زار وُنی مَس بیّیِہ یوریہِ ما — ہستہ گوم لوٗکِہ پرَدہِن تے لولو

یَس ہستہ اوسُم رانتھ دوہ اخلاص — تَس کمُ سوہ نِہ بڑی کَن تےَ لولو
پشِہ پشِہ مقوونم یَشِہ بال کوتاہ — لشِہ ناہِر زاٗ جِنم تَن تےَ لولو!

سوپوری خوجہ عمہِ نالان دمبدم
روزان خوجہ آنگن تے لولو



# فراقن چائی زا ٓجنم وَس لِنگارو

فِراقن چائی زا ٓجنم وَس لنگارو
توَے آرام مےٚ گو واُز دست لنگارو

کوٚتوٗ گوہم مےٚ ویرے چانہِ گوموسوٗر
کمیٗوسو ٔنہِ میٔانہِ دیٔت ئے مَس لِنگارو

یمِس نظـراہ کَرکھ اَز شانہِ شوکت
سُہ طالع آبِ وَنتہ کَس لِنگارو !

دِرُن دوہ تارِہ دُنیاپھی تماشا
مَرُن اَخِر پتو ہر کَس لِنگارو!

ژےٚ کوٚرتھَم بی پہِ کرنےُ اوسنہِ شایان
مےٚ کوٚرتھم لوٗلہِ وآبجہِ ژَس لِنگارو

ونان خوجہ غَمہ بہ چھُس راتھ دوہ ودائنی
مےٚ چوئےُ تمنّاہ چھُم بس لِنگارو



# ولومتہ لاگے شیر لولو

گُل متے پھوٗلی چاٗنے ویر لولو<br>
وَلومتیوٗ لاگےَ شیر لولو

بے رنگینے کم وہیہ رنگ کرئی نم     اردأہ ساس عالمً ہو بڑئی نم<br>
گھڑی نم تمُو رنگہ رنگہ ویرہ لولو     ولومتیوٗ لاگے شیر لولو

مَس وا مَے چاؤ نَس کلہ وائَن     وہسرأو نَس اُلفتکی زائن!<br>
وبسرأو نَس اَکہ دوہ یہ زیرہ لولو     ولومتیوٗ لا گے شیر لولو

جنّت اوئے لوٗ دمُت اُمی شدادن     زُوکُنہ نَے دوٗن دَروازن!<br>
جان کوٗڈنَس کھسوِنہ ہیر لولو     ولومتیوٗ لاگےَ شیر لولو

جم جَمس اوئے جُمہ تل رُو!     موٗت آسِن تے اَدہ سہ بابر گود<br>
لرِہ آسِنس سوہنہ بشز سیر لولو     ولومتیوٗ لاگے شیر لولو

پہٕ چھُہ دُنیاہ اٚخر بزٕم تہٕ بازیگار    گرٕہ اٚخر سُونٛے اٚنٛد مزار !
ہر کانٛشہِ دو چھی وسُن گورہ لولو    ولٕہ متیوٚ لاگَے شیٚرِ لولو

ہر کانٛشہِ دو موٗتُن پیالہٕ چیوٚن چھی    سوپورٕ خوجہٕ عٔمنٕے ووٚنٕنَے تی
ووٚنُن سوپورٕ آرم پورہ لولو!
ولٕہ متیوٚ لاگَے شیٚرہ لولو



# چھیتہ روزکھ حُبابَس منز

کُمہِ مزہ چھی شرابَس منز
چھیتہ روزکھ حُبابَس منز

کر شراپہٕ ستین سران       تمہِ ستی چھَل پان
شرا باًطھوراً فرمان!       چھیا حالی جوابَس منز

وُنی دیوٗ اچھ پوشن       دِل سپدی روشن!
مُشک پھِری گوشن       خوشبو چھےَ گلابَس منز

سازٕ سنطوٗر سوز ! !       چنگہ دایرہ نےَ بوز!
مَس سپدکھ شب وروز       شاہ رَگ چھےَ ربابَس منز

سمندر چھُ مالا مال ! !       تَتہ منز چھ تابان لعل
لاگ ڈُنگل ڈِنگ دِتھ کھال       دَم ہیِتھ وَس آبَس منز!

بن کافر شیدا   کرو دیدار تِہا!<br>
بَٹِہ پا ٹھی کرِتہ پوزا!   وِٹِہ کنز چھے کعبس مشز

بَن ساقی مَے باگراو   پیالہ مالامال چاو!<br>
غمگین دِل شاد تھاو   ماز مِلنا و کیا بَس مشز

یَر توبہ یک آن!   صاف سپدی دِل و جان<br>
دیوِ گنہن گرژھی گُذران!   دأخل گرشھکھ ثوابَس مشز

یِہ چھُ دُنیاہ تاوَن   پیالہ موٹن چاوَن!<br>
تَنِ تِہا ساوَن!   یِہ روزکھ خابَس مشز

خوجہ عمؔہ سوپورُک   اِرشاد ہیتھ تورُک<br>
تراوہ تمنّاہ یورُک   ثَتِہ چھی لگُن حسابس مشز



# لالہ یکھنا سالہ اِمشب

لالہ یکھنا سالہ اِمشب — جان وِدل گرژھ ہم مئے شاد
بُزِیُو مئے مکی پیالہ اِمشب — لولہ سان لالیے یہ ناد!

یارہ دِژایس زوئہ کُنز زُئی! — تارکن مشز وارہ یا گھٹُو ئز
مارکن مشز ہا دِرتم وُئی! — ژھائری ژھائری پھوُلی مئے یاد

دُشمنو میانیو بڑی کَن! — کپنہ روٹھم در بدن!
کیاہ مئے کوژرے روبرو وَن — خوامخواہ تھوُ وُتھ فساد

پی نہ بزہ ہے تی کران چھکھ — اورِ دوان زور دُکھ!
خوتے میانے ٹیوک کران چھکھ — یوُت کوتاہ یہ چھی عناد!

عشقہ ژورو کیا ژنے یہ چھی دُکھ! — حُسنہ تلوار ہتھ ژِ چھُکھ
چھی نہ پرولے میانہ مرنگ — دراصل ما چھُکھ جلاد!

میرِ شکار لوگہتم جان! سینہ رِپر پہ چھُم عیان
اورِ گوّر ہتم قہرِ باران یورِ ما گوّر مَے سے مئے واد

بیتلہ مارکھ بَر دیدار! برنہ ماین مرگزار!!
مَطِّ کھسنے مشیائی مار! کیٹاہ پی حاصِل مُراد

آو خوجہ عمہ از حقیقت
سازو سنطوّر سامانہ ہیتھ!
گڑاوِ سوزان از محبّت!
کیٹاہ ژئے بیوّسے نابہ یاد



# روشہ رفتار أنی زِہے

پوشہِ مَتہ پیاران بہ لوٗ ءِسس     روشِہ رفتار أنی زِہے!
کھأوی زِہے تشریف لِلّٰہ!     میثون میہمان بئز زِہے!

بیہہ زِہے دَر خانیئے مَن!     کینہ ترأوِتھ دِلبرو
کڑی زِہے کیتھہ تارِ دردِچہ     ہم سوخن سیٖنز زِہے!

تُلہ زِہے نَقاب رُوَیس     أسی تہِ وُچھو سُے جمال
کڑی زِہے لوٗشانہٕ زُلفن     موے پریشان ژھنز زِہے

حُسنِ گگنجس چھُکھ ژٕ مالِک     تتھ کھسی سأری ءِسے زکوٰۃ!
دی زِہے خأرات سومبرِتھ     عشقہ مسکین أنی زِہے!

نازو سازہ سو رہٕ ہأوِتھ     کیتی ژٕنے کڑی تھکھ دَربلا
أڈی چھہ نازن ہئندی خریدار     کُھنہ کُھچھ کینہہ کنز زِہے!

یوٚرِ وٚونمےٚ واعدٕ کٔرؠ کٔرؠ کیٛازِ لوگُتھ بے وفا!
اوٚرِ دوٚ بہتھٕمَ اَدِ ئٔنے میٛون نقشِ دَر دِل کھٔنز زِ ہیے!

خٲلِ چشمن ہٕنٛزِ ڈٲلی ہیتھ أسس لاران درٕدٕ ءٕ ستیٖ
ہتھٲوی زِ ہیے منظوٗر دُورَن رُونِ وِے کنہٕ ژٕھنی زِ ہیے

یاونہٕ گوکھ سٲلن تہٕ مالَن میٛون مارُ ودُ ے خیال
میٛون ہر گاہ ٹھوٗرٕ ژیٚ اوسے تو تہٕ خٲلی وٕنی زِ ہیے!

لولہٕ سازس تارٕ گٔنڈؠ گٔنڈؠ ییمَ خوجہ عمہٕ نی غزل
تازٕ لےَ ہیتھ کیٛاہ وَنان! کَہتھ کُن ونان اُتھٕ سٔنز زِ ہیے



# سُہ مجنون ییّو ونہٕ زاہُھ پایَس

پٕہ لاٗلاتس یَتے دژایَس !     سُہ مجنون ییّو ونہٕ زاہُھ پایَس
یہٕ احوال میثون کُسو باوہس     سُہ مجنون ییّو ونہٕ زاہُھ پایَس

اَسے پوٚر پکہٕ وَٹے فرقان !     تمے ژاڑہٕ ہالہٕ گاٗمژ چھم زان
تِمے آیے پرَان آیَس !     سُہ مجنون ییّو ونہٕ زاہُھ پایَس

تہٕ بُوز استادٕنے یک آن     نصیحت کرُمے تمےٚ دِلو جان
کوٚرُم ہے ہے پہٕ کُھہ زایس     سُہ مجنون ییّو ونہٕ زاہُھ پایَس

دوٚپُن مجنو لسٕے لڑکا ! !     بڈِن لوٗکن پہٕ چھا شایان
کھوٚژُن گرِژھ لوکہٕ ہے ہایس     سُہ مجنون ییّو ونہٕ زاہُھ پایس

دَپُس اَسہٕ یورٕ بوز اسے پیر     یہٕ چھی ساہِن دِلَن تخسیر !
تہٕ کرہ دِل شُل یہٕ فرمایَس     سُہ مجنون ییّو ونہٕ زاہُھ پایَس

مُدا اَسی رُودی نہٕ تِھ بازا!      سُہ گوو بابَس وَنُن تَس راز
دَپُس تمیٚ دَست خُود لایس      سُہ مجنون ییٚوو نہٕ زانٕہہ پایَس

نہٕ بوزِتھ دیہہ نہٕ بابے آم      یمو دوٚیمٕ کَرِتھ بدنام!!
میٚنے دوٚیمکھ تی بہ ہیتھ آیس      سُہ مجنون ییٚوو نہٕ زانٕہہ پایَس

دوٚیمٕ بابَن سبق کرِبَس!      قبیلس منز خجل کوٚرِتھس
شرف کیاہ تھوو تھم سایَس!      سُہ مجنون ییٚوو نہٕ زانٕہہ پایَس

دوٚیمٕ دیہہ کوٚرِ یہ کیاہ کوٚرِتھم      دِنم لُکھ پامہٕ کرِنم زَم!
بہ کٔنِتھ زائس وَلِنہٕ آیس!      سُہ مجنون ییٚوو نہٕ زانٕہہ پایَس

گرے رنِہٕ ہَس بہٕ پانَس سیٚتی      کٔرِتھ تَنِہ حیلہٕ برپا کٔرِتھ!
ییٚیمٕ پوٚھ ماسہٕ منز دایَس      سُہ مجنون ییٚوو نہٕ زانٕہہ پایَس

میٚنے دوٚیمکھ یوٚرِ بوزِیوٚ میٚون      دِلَن دوٚیم بَنُن مجنون!!!
پرٕژِھو دِلہٕ سیٚ اگر ترٛایس!      سُہ مجنون ییٚوو نہٕ زانٕہہ پایَس

عشقہٕ ژٔرِ دوٚن دِلَن اندر!      تمی کٔرِ مُبتلا اکثر!
حُسن مشدٕ چھاو نہٕ پروایَس      سُہ مجنون ییٚوو نہٕ زانٕہہ پایَس

چھُ خوٗ جہ عمہٕ دراصل مجنوٗن<br>
منصب لیلا پران مضموٗن<br>
سٔنِتھ گومُت چھُ مولہ مایَس<br>
سُہ مجنوٗن پیوٚو نہٕ زانٛہہ پایَس



# نبیؐ آو عالمس ییوٚو خاص پرتوَ

ربی فرمووُنے غائبی ندا گوو
تمِس دیُت ناد پانٔے ذاتِ پاکن
لصف راتن ذاتس لَتنُد گوو
نبیؐ آو عالمس ییوٚو خاص پرتوَ
خبر ہیتھ آو جبرئیل لصف راتن
نبیؐ آو عالمس ییوٚو خاص پرتوَ

یمے کیتھ زانہٕ با پیر وارٕ ہتاوکن
گژھان چھی با پیرن توٗرٕ آلوَ!
چھُ بوزان معنہٕ بیوٚن بیوٚن سُے ہا پیرن
نبیؐ آو عالمس ییوٚو خاص پرتوَ!

بہ گرِ دے آب ییرِ وُن چھی بے پیر
نٔہرِ کرپوز چھُ اَپُزٕ چھُنہٕ اَکھ جوٗ
تمِس کوٚرمُت چھُ ابلیسنٕے سُہ تاثیر
نبیؐ آو عالمس ییوٚو خاص پرتوَ

وُچھم کرٕ وُنیٖشتام درویش ذأژے
اَما دَرویش آسُن کیاہ سناگوو
کران فَرفَر گرس مشٕز دوہ شوٗے باٗژے
نبیؐ آو عالمس ییوٚو خاص پرتوَ

کران پوشُر چھی اَتھ شمعسے گیتھ
یہٕ مُچھ کیاہ زانہٕ شمُہک معنہٕ کیاہ گوو
دَماہ چھی پان زالان یارٕہ سے ہیتھ
نبیؐ آو عالمس ییوٚو خاص پرتوَ

ونان خوجہ عمہٕ بنانےٕ یُس چھ درویش
چھوان چھی دامہٕ ڈری یاو زَن چھوان ترٛیش
ﺳُہ گوو درویش یس درواز وۆتھ گوو
نبیؐ آو عالمس بیۆو خاص پَرتو!!



# دیٚدَن چھُ دیٚدار بیٚنہٕ ہَن

خوٗد روز بیدار تھاوکن
دیٚدَن چھُ دیٚدار بیٚنہٕ ہَن

یُس آسہِ کوٚل زوٚر یا اوٚنُے — تَس کیاہ چھُ شیٖشس وُچھنُے!
سوزٕ چ لَے چھَے بوزنہٕ کن! — دیٚدن چھُ دیٚدار بیٚنہٕ ہَن!

اَلفقرُ فخری گرژھ پَران — والفقرُ مِنّی سوز وزان
نَتہٕ چھا کمھَل درویش بَنُن — دیٚدن چھُ دیٚدار بیٚنہٕ ہَن!

یمّہِ ییوٚو عشقے دانہٕ سے! — تمہٕ کوٚر قبلَے پانہٕ سے
سُے گوٚو فِدا از جان و تَن — دیٚدَن چھُ دیٚدار بیٚنہٕ ہَن!

یِہ آسُن چھُ تیٖشُھ ہُنراہ ژٕ بوز — پیدٲہ کران سنطور سوز!
وَلنوان جنجہٕ پرٛیہِ زَن — دیٚدن چھُ دیٚدار بیٚنہٕ ہَن!

ماکرِ ونان مکر و فریب !   دعوا یہ بأطن علمِ غأب
باور چھی اَنان بےعأقلن   دیٚدن چھُ دیدار بیٚپۂ ہَن!

سوپوری خوجہ عمٔہ چھی پَران   ترانۂ عشقٕنۂ تھاو ژٕ دیٚأن !
پیٚمہٕ گےٚ حریفانے سُخن!   دیدار چھُ دیٚدار بیٚپۂ ہَن!



# بُلبلا مُشتاق گومُت چھکھ ژٕ اَتھ گُلزار ہے

بُلبلا مُشتاق گومُت چھکھ ژٕ اَتھ گُلزار ہے !!
خوامخواہ خوٚے ہتھو وُمُت پٔھی عٔستی کس اغیار ہے

وُچھ یہِ گُل چھی ژٔہری ییوان سُلہِ گرٛژھان ماچھی یرٛژھان
بٔرہ گرٛژھتھ چھکھ وچھنہٕ روزان یِتھ ژٕ کمُی سُوخار ہے

باغہٕ کین رنگین گُلن منٛز چھکھ ژٕ نالاں لولہٕ سان
ہرٕ دا یے بٔرٕ گرٛژھن یِتہٕ کیاہ منگکھ بہار ہے

جان و دِل چھکھ وُچھنہِ روزان حاصِلس ییم باغِکس
چھی یہ سوداگار یِژاران فصلِ پیداوار ہے

ڈل چھُ تابع بُونہٕ نے بٔینہِ زُمہٕ ریشنُ آے چھکھ
سدٕ بوٚنٹ ٹکھ چھُ دوان گرٛژھتہٕ یِژٕ نہ دیوار ہے

نازٕنیٖن مہہ جبیٖن ژھایہ بنے کٔر نالہٕ مٔتۍ !
توٚبہٕ لد دِل شاد سپنی بوٚبہ کٔر اَنہار بے

مایہ پنٕنے راپہٕ ستۍ روز جاے خود سر غم ژیتہ
ویرہ ہٕ ستۍ گٔر مالہٕ پوشن شیرہ دلاگ ادیار بے

چُھکھ گٔلبن کھشی کھشی گٔلبن ہشرہ مایہ روان جابجا
ستۍ چھی سوپوری خوجہ غمہ لتس تہٕ ماگھ گو وہار بے



# ہنہٕ ہنہٕ چھِس لٔلہٕ وٲنی

عشقہٕ نار لٔلہٕ وُن چھُم تنہٕ — ہنہٕ ہنہٕ چھِس لٔلہٕ وٲنی
مژ ہُو حق چھُم منشز منہٕ — ہنہٕ ہنہٕ چھِس لٔلہٕ وٲنی

یُس اسرارس منز سنہٕ — سُے بنہٕ وٲصِل ثٲنی
ملکِ وجودٕ پیغام انہٕ — ہنہٕ ہنہٕ چھِس لٔلہٕ وٲنی

کُنھ بوز عالم غیب کنہٕ — وُنھ تور چھے آسٲنی
سنھ ذٔری یاو چھُم بڑوُنٹھ کنہٕ — ہنہٕ ہنہٕ چھِس لٔلہٕ وٲنی!

سنھ چین کھُر چھِی چینہٕ کنہٕ — پھٕنھ چین چھِس واتٲنی
سنھ پرٔزی یہٕ لٔلہٕ وان چھم کھوہنہٕ — ہنہٕ ہنہٕ چھِس لٔلہٕ وٲنی

عاشقن معشوق بڑوُنٹھہٕ کنہٕ — تابان نوٗرہ یزدٲنی!
پوٗت پھیر کوٗت گژھکھ کدلہٕ انہٕ — ہنہٕ ہنہٕ چھِس لٔلہٕ وٲنی

تَس أٔنِس وَنتم کیاہ بنہٕ	گاشِچ یَسنہٕ پٲر زاںٛنی
ژٕنہِ لاگ تَس گرٛژھ سوٗ رٕمہٕ کِنہٕ	ہنہٕ ہنہٕ چھِس للہٕ وانٛنی

ییٚلہِ منصوٗرس یار آو ونہِ	اَدٕ گوٚو بلکُل فانٛنی!
لۄکو کۆر ہے کِنہٕ کنہٕ	ہَنہٕ ہَنہٕ چھِس للہٕ وانٛنی

کِھژٕ کاکِن چھےٚ کِھژٕ چھَنہٕ	بنہٕ ہٕنٛج چھَکھ نہٕ پٲر زانٛنی
سوپوری خوجہ عمہٕ تی وَنہٕ	ہَنہٕ ہَنہٕ چھِس للہٕ وانٛنی



# دَے سرِتہٕ عینی دَے بَنکھ

لَے کرِ تہٕ ہواۓ پَے لَبکھ
دَے سَرِتہٕ عینی دَے بَنکھ
حق زان حقُ الحق بَنکھ
دَے سَرِتہٕ عینی دَے بَنکھ

اَلفس چھ کان میمس نِشہ
میمس تہٕ میمس منٛز چھُ عَیے!
دالَن وُٛنی دہیل روزِ بِنہٕ شَکھ
دَے سَرِتہٕ عینی دَے بَنکھ

جیمس چھُ میمُک پرٛتُوے
زُلفس چھُ ظُلمات لاگنے
تَتھ منٛز چھُ جبرٛیل بَنِیہٕ مَلکھ
دَے سَرِتہٕ عینی دَے بَنکھ

کَتھ چھے کُنی ستھ چھی مقام
اَلفس تہٕ میمس سِتی چھُ لام!
زُلفس تہٕ خالس منٛز شفق
دَے سَرِتہٕ عینی دَے بَنکھ

ذالس ذرالِس دیکھ ژٕ وَوّن!
ژُوّن نِش چھُ دوّن ہیٚندِ بِن گرٛھن
رالس دوہس ساتَس نہٕ تھَکھ
دَے سَرِتہٕ عینی دَے بَنکھ

ظوٗن کھاو دوٗن وِنی کتہ گرے　　ژوٗن آو رفتار مَن سرے
نوٗن دژاوبَس اسرارِ حق　　دَے سَر تہٕ عینی دَے بَنکھ

ژکھ دِے تژاو نکھ ہینچھ ہُنر　　دیدو وُچھکھ سپدی اَثر!
مارُن برادر کھیوٗن ترک　　دَے سَر تہٕ عینی دَے بَنکھ

شینے تہٕ ژور تُھۄ چھی دارِ بَر!　　سَتھ روز تژوٗپرکھ موٗ مختصر
پَتھ رۄٗد تژہن منز اکھ الک!　　دَے سَر تہٕ عینی دَے بَنکھ

عرشس چھِ نزدیک زِے ہلال　　فرشس بہتھ بے قیل و قال
مِن وَراءِ مُحیط پانہٕ حق!!　　دَے سَر تہٕ عینی دَے بَنکھ

شاہ یُس چھُ لتس چھی تتیٔ وَطن!　　گاہ چھی داہ تژاوان زتُن
داہ تژاو کاہ گوٚو اکھ تہٕ اکھ　　دَے سَر تہٕ عینی دَے بَنکھ

وَقتس پھولان پوشس رنگ برنگ　　تختس چھُ تَل پائن پلنگ!
بختس چھِ تابع تاجِ تخت!　　دَے سَر تہٕ عینی دَے بَنکھ

اَیوند گُلس کتہِ پیوند!　　تَخس لنجن ہوٗ کھمُت چھُ پَن!
خوے تژاو موبن نافلق　　دَے سَر تہٕ عینی دَے بَنکھ

ھردَم فقیرس کاروبار
اَصلس چھُ اَصلکُے ابار
خوجہ عمہٕ پیران وَصلکُ سبق
دَے سَر تہٕ عینی دَے بَنکھ

# کیاہ لِلّٰہ غُصہٖ میثون ترٔاو

بِاللہ مِنیتہِ چھم مارے چیائی
کیٔاہ لِلّٰہ غصہٖ میثون ترٔاو

نُور چھی تابان ہا دُردائی      پوٗر چھی کوتاہ حُسنٕک چاو
سوٗر مےٚ کوٚرنم دورِرن چائی

لٹہِ اَکہِ یکھنا سانہٖ آنگائی      گٹہِ مشز ساتھارٕ خسارہٕ او
ہٹِہ کھش کوٚرنم خوٗین چیائی

پتہٖ پتہٖ لارے وَتہٖ وُچھائی      کتہِ چُھکھہ آسان کیٔاہ چھوٗن ناو
ژی کٔنن گےٚ نا آلو میٔائی

عشقن کوٚرنس بلکل فائی      عشقس حسنٕک بہ چھی پأراو
شب روز عشقہٕ نار چھس للہٖ وائی

دُمہٖ دَمہٖ کرہٖ ہا چیائی فرمائی      سو پوٗری خوجہ عمہ لوٗگ دردلو
مأرِنس قدِ شمشادن چائی

# لولن منے نیوٗنم دِلقرار

دردِل منے چھُم لوٗلک امار
لولَن منے نیوٗنم دِلقرار

لولے چھُ عاشق دراصل! لولے چھُ معشوق تے وصل
لولے چھُ لولَس پتھ نِثار لولَن منے نیوٗنم دِلقرار

لولے چھُ گُل اندر چمن! لولے چھُ بُلبل تس برٛمن!
لولَس کران سجدہ نِثار لولَن منے نیوٗنم دِلقرار

لولے ہا مجنونَس ستیاو! سُے لولہٕ ستین اوٚن بلیناو!
لولے چھُ لیلےٰ درشمار لولَن منے نیوٗنم دِلقرار!

لولَن پتو ووٚل شیخ صنعار لولے سُہ ہشزہٕ پتہٕ گوو فنا!
لولَن سُہ پارہٕ لو نالی زُنار لولَن منے نیوٗنم دِلقرار

لولے چھُ خوبجہ عمہ دروطن لولے بأ گراوان کنھن! !
لولے غزل تھاوان تیار لولَن منے نیوٗنم دِلقرار



# شِنو گُفتارِ مَن بِشنو

سےٚمۍ خاکس گوٚو بہارے نوٗ — شِنو گُفتارِ مَن بِشنو!
تَوَے جامَن لَدِتھ چھُس چھوٚ — شِنو گُفتارِ مَن بِشنو

شَلَس کرِ تھٕچھ مہٕ اَکھوٲسَن — گُلَس بِلوَن چھہٕ آگاشَن
دِلَس تَمہٕ کُے اَثرٕ مےٚ بیوٚو — شِنو گُفتارِ مَن بِشنو!

بہٕ وۄلنَس جان وِ دِل عٔشقَن — تَمے نارٕ سےٚمۍ دٕز ہَن ہَن
چھُ عشقس حُسنہٕ کے پرٕتو — شِنو گفتارِ مَن بِشنو

عشق زانی ہنا مجنون! — حُسن ڈیشِتھ سہٕ گوٚو مدفون
وُچھنٕ لیلےٰ بہٕ ہر دیدو — شِنو گفتارِ مَن بِشنو

عشق گوٚو بیب زلیخائے — حُسن ڈیشِتھ سہٕ ٹنٕز دزائے
وَدان آٚس میانہٕ یوسوفو — شِنو گُفتارِ مَن بِشنو

عشق مولوم چھُ پروانس　　وزان چھی ءستو یکسانس
حُسن ڈاالان حواسا لو　　شنو گفتارِ مَن بشنو

عشق مولوم چھُ فرہادس　　حُسن ڈیشٹھ دُعا لوگ تس
سُہ شیرین ہیہتھ زُوُلے خسرو　　شنو گُفتارِ مَن بشنو

صنعا شیخ عشقنے کوٗر خوار　　زُرٹن فرقان رٹن زُنار
فِدا دِل ہیہتھ سُہ ہنیزہ یَپتھ گوٗو　　شنو گُفتارِ مَن بشنو!

اَنا منصورِی کوٗر اِظہار　　لوٗ دُکھ بَردار کوٗرُکھ سنگسار
کوٗرُن ہے ہے مے کس کیاہ کھیٗو　　شنو گُفتارِ مَن بشنو

روان خوجہ غمہ کران حالی　　یہ یاوُن گوٗو اُبالی!!
دِوان اَز جان و دِل آلو　　شنو گُفتارِ من بشنو



# روخسار ہأوِتھ ژٕولمے

ماہ روے مِہربانے  روخسار ہأوِتھ ژٕولمے
جانانِ مَن جانانے  دیدار ہأوِتھ ژٕولمے

آو خود بخود پانے  منوّر کوٚرُن میون خانے
وژاو پھیرِتھ شبانے  بیدار تھأوِتھ ژٕولمے

کشِتھ تیر لأیِنم پانَے  سینس گأم برِیانَے
موجوٗد چھِم نِشانَے!  بیمار پأوِتھ ژٕولمے

ای تمُو کوٚرنَم پانَے  تی کَس وَنِتھ زانَے
زہرے ہِلال دانَے  صد بار کھیاوِتھ ژٕولمے

کلوال دَر میخانَے!  ساقی لوگُن پانَے!
مَے چاوُنس پیمانَے  سمسار ہأوِتھ ژٕولمے

سُلہِ آو سُنبل پانے! گُل لالہِ سے ژھارانے
در باغِ گُلستانے گُلزار چھاوِتھ ژوٚلے

آباد کےٚ ٹھِکانے دوٚ یمن ژ ترٛاو یک آنے
در مُلکِ ویرانے یکبار ہاوِتھ ژوٚلے

خوجہ عمہِ غزل خوانے
سوپورِ کےٚ نِشانے
کمہِ لوٚلہِ کی ترانے
یادگار تھاوِتھ ژوٚلے



# حمدُ صد بار مےٚ ڈیوٗ ٹھُم یار دوٗرے

وُچھم کیاہ پانہٕ سٕے سامانہٕ پوٗرے
حمدُ صد بار ڈیوٗ ٹھُم یار دورے

وُچھم گاشاہ مےٚ گاشاہ ہوو گاشن
ژٲلِن ڈیشتھ گیہٕ چھےٚ آگاشن

وُچھم تابان شمع ستھ رنگ زُورے
حمُد صد بار ڈیوٗ ٹھُم یار دوٗرے

وُچھم عشقس تہٕ حُسنس کان ہیوٗن ہیوٗن
ہیوٗتم اَدٕ عشقنٕے وانٕے مےٚ مےٚ چیوٗن

عشق چھےٚ تُر حُسنس لاوِ موٗرے
حمُد صد بار مےٚ ڈیوٗ ٹھُم یار دورے

وُچھم باغاہ وُچھم باغس اندر ناگ
ژٕٹھتھ بادِ صبا دَرٕ دِل تمہٕ کےٚ داغ!

وُچھم کمہِ خاص رۄزِتھ باحضوٗرے
حمدُ صد بارٕ مےٚ ڈیوٗٹھم یار دوٗرے

یمو چیوٗوے تِمن چھی سیروٗنے
چھُ پزٕی کنہٕ وصل اَصلَن تاجہِ گنے

چھُ پزٕ کین پوختہٕ کارَن موختہٕ پورے
حمدُ صد بارٕ مےٚ ڈیوٗٹھم یار دوٗرے

یمِس دَے دِیہٕ نہٕ وَے پوشِس نہٕ گرِزاہنہ
کران آسی دوہ ہئے اَفسوس تے آہ

یٕمِس دَے دِیہٕ تمِس پھولراوِ لوٗرے
حمدُ صد بارٕ مےٚ ڈیوٗٹھم یار دوٗرے

ونان سوپوری خوجہ عمہٕ چھُس بو نائن
بہٕ مُہنس لولہٕ مَس دِتھ کلوالَن !

مےٚ نیوٗنم پانہٕ تمیٚ دِل و جان ژوٗرے
حمدُ صد بارٕ مےٚ ڈیوٗٹھم یار دوٗرے



# چانے امارے سپدُم سوٗر

وَڈہ نا دِلبر و دِل دوٗڈُم نارے
چانے امارے سپدُم سوٗر!

خورَیں لگہ ہے خوش گُفتارے  رویَس کیاہ چھی تابان نوٗر!
مویَس چھی پِوان مُشکنز دارے  چانے اَمارے سپدُم سوٗر

تصدیق اوسُم وُچھِہتھ وارے  نزدیک اَسِتھ گوہم دوٗر!
مےٗ رفیق یُد چھُکھ میثون کرچارے  چانے اَمارے سپدُم سوٗر

پان میثون زولُتھ خو دلولہ نارے  جان گووتی ہیئلہ چھُی منظوٗر
دیٔان مھُاو مامَرے ہیتھ خارِ خارے  چانے اَمارے سپدُم سوٗر

ہنہ اَسں عامَن گوسنا مارے  اَن پرِ نووٹھس مثِل منصوٗر!
وُنہ کس کھولھس ژی بردارے  چانے امارے سپدُم سوٗر

چشمہٕ چھے بادام پُرٕ خُمارٕ ے — کٕنہٕ نے مشرٕ شوٗبان چھی کٕنہٕ دوٗر
خشمہٕ ہٕتہٕ چھُپٕنہٕ کاہٕنہٕ چانہٕ اَنہارٕ ے — چانے امارٕ ے سپدُم سوٗر

لٕٹہٕ اَکہٕ یکھنا بلہٕ بیمارٕ ے — گرہٕ مشرٕ ہاوٕتم نوٗرٕ ے ظہور
ہٕٹہٕ کٕے رٕتھ بوٕ تھاوٕے نِثارٕ ے — چانے اَمارٕ ے سپدُم سوٗر

کشہٕ تیرٕ اَیہقٕم میرٕ شکارٕ ے — عاشہٕ مٕتہٕ جگرس کوٗرٕتھم سوٗر
تیرٕ و چانہٕ کوٗرٕ ہم پارٕ پارٕ ے — چانے اَمارٕ ے سپدُم سوٗر

ساتھاہ یکھنا ہا مٕدن وارٕ ے — راتس دوہس چھس مجبوٗر
صنایہٕ گوم ژٕی ہٕتھ لوٗٹھ بوٕ کُچارٕ ے — چانے اَمارٕ ے سپدُم سوٗر

سوپوری خوجہ عمہٕ چھی ونان اشارٕ ے — سٕے زانہٕ یس پھٕر عشقُن ژوٗر
تس کیتھٕ روزان دوٕ سہٕ دیوارٕ ے — چانے اَمارٕ ے سپدُم سوٗر



# گیلہِ عالم غم چھُ کیشاہ

دۆن دِلَن ییِلہِ میلہِ سودا          گیلہِ عالمُ غم چھُ کیشاہ!
دِل بدِل آئینہ مولا !          گیلہِ عالمُ غم چھُ کیشاہ

دۆن دِلَن ییِلہِ سپدِ ملوَن          تا قیامت ما ژھۄنن !
سوزِ محبت روز برپا ! !          گیلہِ عالمُ غم چھُ کیشاہ

یُتھ دِلَس اندر رٕنہ محبت          تُتھ دِلَس کُن رٹہِ وَکھ
نمتہٕ تُتھ یُتھ چھکھ ژٕ شیدا          گیلہِ عالمُ غم چھُ کیشاہ

صاف دِلنٕ ستی تھاوِ لے          دِل صفائی ہاوِنے
صاف صاف سپدِکھ سروپا !          گیلہِ عالمُ غم چھُ کیشاہ

دِل رٕچھان روز دِل شکستن          ہر دِلَس ورد دِل سپَن !
بے دِلَن کر دِل تسلاہ          گیلہِ عالمُ غم چھُ کیشاہ

دِل چھُہ اِنسانَس اندر رازا!    دِل سنگینن پُر مہٕ واعظ !
دِل گران دیوانہٕ دِلہا !    گیلہِ عالمُ غم چھُہ کیشاہ

پزٕتھ دِلَس اندر چھُہ معبوٗد    ہر ذرس اندر نموٗد !!
جلوٕہ دِتھ نوٗن سُے بہرجا !    گیلہِ عالمُ غم چھُہ کیشاہ

کاشِنہِ ہُنٛد دِل اَنتہٕ اَنجام    زَن لوٗدُتھ لچھ کعبہ تام!
دِل چھُہ بے شک عرشِ اعلیٰ    گیلہِ عالمُ غم چھُہ کیشاہ

شیشہٕ دِلہٕ کُے تھاو صاف    روز و شب کرتَس طواف
کعبہٕ کھوتے سُے چھُہ اَعلیٰ    گیلہِ عالمُ غم چھُہ کیشاہ!

خوجہ عمہٕ نے پوٗر دِل وجان    دوٗن دِلن ہُنٛد داستان!
سوزِ دِلہٕ کُے روزہ مَشلا    گیلہِ عالمُ غم چھُہ کیشاہ



# دِل چھی حوالہِ میثوُنے

دِلبر مےٌ کیئا زِ رُؤبھُٹکھ  دِل چھی حوالہِ میثوُنے
حیلہِ ہیہتہ کیتھ گرِ بیؤبھُٹکھ  کیاہ گوٌرے ملالہِ میثوُنے

ونہِ مَے مےٌ گرؤاو روشن  گۓ ناڑےٌ زاثہیتہِ گوشن
أسس پہِ گاژ توشن  بوزکھ سوالہِ میثوُنے!

أسس پڑثھان منوشن  ہأوی تو مےٌ باغِ گلُشن
پڑژھ ہاخبراہ پہِ پوشن  تَیتہِ ما گلُالہِ میثوُنے!

پہلے تلُھتہ فسادِ ژیٔیٌ!!  بوزُھتہ نہِ دوٌن ساد ژِی
اوسُے پیُٹن مُراد ژیٔیٌ!  سیپُڈکھ ملالہِ میثوُنے

گوڈ ژیٔیٌ بوٌزُھتہ فسادَس  وؤتکھ نہِ زاثہیتہ دادَس
ہرگاہ ژِہ بیسکھ نہِ سادَس  روزی جنجالہ میثوُنے

مائژ چھے اُلقن نمن مشز — چھاوان ژِ چھُکھ کمن مشز
یُس خال ژے پہ چھی بمُن مشز — تُنھ پہ چھی قبالہِ میثونے

نرِدس گیُندُ نھ مۓ ساقی — گری نھم ژۓ حیلہِ کاقی
تنہِ بیوّ و پتو مۓ ذاتی — شش پنجہِ دُخالہِ میثونے

گوڑِ گوڑِ لوگُھ یکسان — از چھُکھ دُشمن زانان!
تیلِہ کیا زِ اوسُکھ بوزان — شب و روز ہستال میثونے

یکھنا دماہ ژِ پانے ! — منور گرژِھ میثون خانے!
ہر دم بوچھُس ودانے — ولہِ وُچھ ژِ حال میثونے

یوّت کیثاہ وُنھ پہ زانے — سالِم ژۓ چھی عیثانے
تیلِہ نہ خواہی پانے — نامے اعمال میثونے

سو بوری خوجہ عمہِ درپے
سُے ہیتھ فِداپہ روزے!
کمہِ کمہِ ترانہ سوزے!
گوڑِ یر رِسالہِ میثونے



# نیندرے خاب منٛز گژھو بیدار

مےٚ ہا دیوانے دِل گوم سوٚندرے
نیندرے خاب منٛز گژھو بیدار

فِکرِ ہنٛز رٔزہ لٔم ذِکرہ دولابہ منٛز
ذِکر رٔٹھ درمن ٹنٛز وِزہ تار ! !

روٗز کھےٚ باہوش حصہ چھی ثوابہ منٛز
نیندرے خاب منٛز گژھو بیدار

اوٚن کیاہ گاشس وُچھہ نٔنہِ آفتاب منٛز
سوٚن چھُ سٔمندر پھٹہِ یکبار !

وۄن دیوٗغ فلو راو کھ حساب منٛز
نیندرے خاب منٛز گژھو بیدار

نُوحؑ ہِشِز ناو بُڈ ہِہ تمہِ سٕہلابہٕ منٛز
حالہٕ خوٗد سُے گیہِ گرفتار!

بُجہِ اَکہِ شُپ دیُت کھٔڑِ سٕہلابہٕ منٛز
نِہٕندرے خاب منٛز گژھو بیدار

حضرت خدیجنؓ نبیؐ ڈیُوٹھ خاب منٛز!
اصلی تس گوو بخت بیدار

گاشِ تس پأدِ گوو آفتابہٕ منٛز
نِہٕندرے خاب منٛز گژھو بیدار

وَنتہٕ کیٛاہ چھُہ نیران چھُپنہٕ القابہٕ منٛز
سنتہٕ پأنس بَنکھ محرم کار

بنتہٕ مثلِ منصوٗر موکلکھ عذاب منٛز
نِہٕندرے خاب منٛز گژھو بیدار

وَنتہِ کیاہ چھُہ نیران لُوبے لُبابہٕ منٛز
سُے زانہِ یُس آسہِ محرم کار

پَے بۆز سائلکو کُنُت تُرابہٕ مشٕر
نیندرے خاب مشٕر گژھو بیدار

لَے کر مِنبرس وُچھکھ محرابہ مشٕر!
پَے بوز بَنکھ بینادار ! !

گژھ کر خوجہ عمہ پننے کعبہ مشٕر!
نیندرے خاب مشٕر گژھو بیدار



# بینادارن چھُ گرِ دیدار

عاشقن تہٕ عارفن سالکن کارن
بینادارن چھُ گرِ دیدار!

کُن اوس ینے کونس کارس | تاپھ اوس پینے عالم آبٕ
کُن فیکون اون پانے جبارن | بینادارن چھُ گرِ دیدار

اوے دم دیُت اُمی دم دارن | نابود آدم کوٚرنے تیار
کل گٔرلل دیدِ زیُن اَس سارن | بینادارن چھُ گرِ دیدار

دمہ دمہ دم دِتی اُمی دمدارن | پاٹھِ گے اَرداہ ساس عالمَ
معراجِ کوٚرنے نبیؐ تاجدارن | بینادارن چھُ گرِ دیدار

دمہٕ دمہ دم دِتی اُمی دمدارن | سَرخم بجدس سجدٕ کران
سُے مِروٚونے ژوہنوٚزی یارن | بینادارن چھُ گرِ دیدار

تاپھ اوس پیٚنے منز باگ چمنن !   ژھوٚہ اوس ماران لوح و قلم
گاش اوس پیٚنے تَبہٕ چیٚن تارَن   بیٚنا دارَن چھُ گرِ دیدار

گاہ اوس پیٚنے ووٚزِ سبزارَن   زوٗل اوس تابان منز قندیلس
نوٗر اوس شدرس منز گیتہٕ ماران   بینا دارَن چھُ گرِ دیدار

رُوحس وعدٕہ دیُت مَلِکُ الجبارن   اِقرار دیُتنس قالوٗا بلیٰ !
بہٕ ہا زانہٕ جنس اِقرارٕ کرنارَن   بیٚنا دارَن چھُ گرِ دیدار

گرُھکھنا بخشِتھ اَسہِ گناہ گارَن !   یارب ژٕے چھُکھ بخشنہار
کَرکھنا سَتراہ اَسہِ عَائب دارَن   بیٚنا دارَن چھُ گرِ دیدار

خوٚجہ عَمہ چھی وایان بمہٕ چیٚن تارَن   ہر دَم خواہَس چھی کران نوش
بے پیر اَتھ کَمہِ معنہِ کیاہ ژارَن   بیٚنا دارَن چھُ گرِ دیدار !



# گُلاباہ تازٕہ چھُکھ پھولہٕ وُن

بیا اے دلبرِ خوش ناز گُلاباہ تازٕ چھُکھ پھولہٕ وُن
ژٕنے یِکھ تے بہٕ مارو ژٕ بازا! دِیے ہر جایہٕ جائے ووٗن

بہٕ چھُس رِوان ژٕ بھاوتم کن مِٹے لولے چاپہٕ گجٕ ہن ہن
بِدہ دیدارِ یارے مَن ! پَرِندہ چھُکھ وُڈُو تُلہٕ وُن

دوبادا مانندے گیسو! چشمٕہ بادام چہرہ گُلرو
فِدا دِل و جان اُن پرہو ! بہٕ گوس بیتاب وُچھِتھ تُتھ کُن

شُنو جانانِ مَن گُفتار کُن ہے مٕھاوَ کھ وَنے اسرار
وَوٗنے منصوری کوٗرُے اِظہار لُوٗدُکھ بَردار کُن فیکُن

مجھے دیدو اِک بوسہ! اپنے نُورِ روخسار کا!
بہٕ چھُس ژٕی پتہٕ گوٗمت شیدا ژٕ کر چھُکھ سیوٗد وُچھن می کُن

چھُ کیاہ بُلبل یہِ پوشے موٚت گوٚمُت گُل مایہِ چانے گوٚت
بیٚہتھ دَر باغ آرے کوٚت وُچھان کیاخوش ہوا ڈٔلہِ وُن!

وَنان خوجہ عمہ چھُ ژی کُن زار ژٕہ چھُکھ میثون محرمِ اسرار
بہ چھُس چوٗنے یہِ خریدار!
گٔمیو بازارہ چھُکھ بھولوٗن



# مَس تہٕ بِیٚیہِ میخانہٕ چُھوٚن

ساقیا آو میانہِ باپتھ مَس تہٕ بِیٚیہِ میخانہٕ چھوٚن
شادروزِن تاقیامت خوش پسند پیمانہٕ چھوٚن

تیٚلہِ بہتھ اوسکھ گُنہٕ زوٚن کاشہہ تہٕ ما اوسُے پرٕژھان
ئلہِ بہٕ اونتھس میانہِ موکھ بیٚو ہر طرف نوٗرانہٕ چھوٚن
میانِ زِ چھے مِنَت تہٕ لادن می ژِ کوٚڈمکھ مُارگن !
میٚنی ژٕ نٕے گرٕی مے لیچھہِ بُدی ناو می بُلند کوٚرشانہٕ چھوٚن
جانہِ نفی یُک چُھس بہٕ اثبات میانہٕ ستی دٕرایہِ سمات

آسہِ ہے نے آسہِ ہے ما گُنہٕ ہیٚنس نشانہٕ چھوٚن
اَکھ مے تھوٚو تھم کار مَولا بیٚیہِ دِوٚ یُم بارے عیال
اَکھ کوٚرُم دوٚن ستی گُنہٕ جنگ بیٚیہِ دوٚ پُتھ چھا شان چھوٚن

چانِہ سے وٲران خانَس — گژھِ مےٚ آبادی تیار!
اَکھ کوٗرُم وٲران آباد — بیٚیہِ بسووُم خانہٕ پھُوٚن

بارِ امانت روٗٹ نہٕ کٲنٛسے — سارِوٕے کوٗرہس جواب
بارہِ ییتہٕ تُل می کُنی زٲنی! — اَحدِہ تے بیمانہٕ پھوٚن!

چانِہ سے تتھ رودِ قطرس — می بنوو سمندرٕ بے قیاس
میانِہ سے صدفس اندر! — تابان چھُ سُے دُردانہٕ چھوٚن

می بنوو مسجد تہٕ مندر — کُفر و اِسلامک گُزر
می بنووُ یہٕ نبو اُکھوٗ ستو — کعبہٕ تے بُتخانہٕ چھُوٚن

می روٗٹ مذہب تہٕ مِلّت — علمہٕ انجاِمچ کتاب
می بنوو یہٕ نس گرس منز — دَرس مکتب خانہٕ چھوٚن

میانِس حُسنس چھُ مُشتاق — عشق چھوٚنے آشکار!
چانِس شمہس گران گتھ — روز و شب پروانہٕ چھوٚن

سأل مالِیُن گرِ یو آیس — کأل وٲریو چھُم گُژھن!
پیارِ چھے مےٚ ہیرہ لوٚن چھُم — ساز تے سامان پھوٚن!

چھوٚل مٮ۪ے مہرازِ پور مٮ۪ے گرٕی گُند ‏ ‏ وٚون مٮ۪ے سارِنی سالَرن!
ژُل کہٕارو میٲنہٕ وٕے مہرِنی ‏ ‏ ہتہ بیٚنیہِ زانٛپانہٕ چھُن!

سوزہ خوجہ عمہٓ روزٕہ پٮ۪تھ کُن! ‏ ‏ عالمَس مشِز یادگار!
بوزہ ہرکانٛہہ اُوسمُت کیٚشُتھ ‏ ‏ زِندہ دِل دیوانہٕ چھُن

پیٚوم عکسے خال وَرِ دِل ‏ ‏ چیٚوم اُلفت کے شُراب
گوم نالٲ آم وِلئے سروپا ‏ ‏ زُلف ٹٔے پیچان چھُن!



# چشمن سُہ آب آسیٚا

بالۍ وَنتہٕ بالہٕ یارَس　　چشمن سُہ آب آسیٚا
لیٚو کھمُت خطس اَما تمیٚ!　　واپَس جواب آسیٚا

دوٚہمس اُتی ژٕ روزتوٚ!　　کیٛتھ تارٕ میٚشانہٕ بوزتوٚ
دوٚہنم سہٕ بوزٕ کوتاہ!　　گراوَن شمار آسیٚا

اوٚسُمس مےٚ عستی ہَوس بس　　کمیٚ سوٚ نہٕ میٚثون ووٚن تَس
نہٕ وَنتہٕ خوامخواہ تَس　　دردِل شتاب آسیٚا!

دوٚہمس ژٕ ماکیَنکھ پان　　دِمہٕ ہیٚے پہٕ موٚل دلوٚ جان
دوٚہنم یمِس سہٕ کینہٕ پان　　تیٚشُتھ کاہثہٕ لواب آسیا

دوٚہمس مہٕ ہاو ژٕ کاکُل　　بے وایہٕ یِم چھ بلبگُل
دوٚہنم نقاب یمیٚ ٹُل　　تس نِش حجاب آسیا!

سوسَن وونان چھ سرِنو　　　احوال عشقہٕ بُشنو !
بیٛلہِ دِل ہتہٕ دِل ژِلبھ گوو　　　تیٛلہِ کھٹہِر نقاب آسیا!

پرُ نور عجب چھُ عشقس　　　پرَ تو تمیٛک چھُ حُسنس
تاثیر یُتھ چھُ وَصلس　　　تیٛتھُ کاشہہ شراب آسیا

دَر باغ وونان چھُ جعفر!　　　عشقن کوٚرُس بہٕ کافر
یمُی وُچھ حسین دِلبرا!　　　تس آب وتاب آسیٚا

لاٚیِنم یہِ حُسنہٕ کمند　　　گرِنس بہٕ ہر طرف بند
یِیھہِ پاٚے کھٹی بستہٕ پابند　　　کاشہہ دَر عذاب آسیٚا!

مَسول چھ کاٚژ توشان　　　گرِٛزھ ہا بہٕ دَر گُلستان
ژلہِ ہیم دِلَس منےٚ ارمان　　　پھوٚلُمت گُلاب آسیٚا

دَر باغ وَنان چھ بُلبل　　　باگُل چھُ میٛون توصُل
یَس عاشقس نہٕ تحمُل!　　　سُے کامیاب آسیٚا

ہیہِ ونہٕ کتھا بہ اندام　　　بوزن یہِ خاص تےَ عام
یُتھ دِل اَنُن چھ اَنجام　　　تیٛتھُ کاشہہ ثواب آسیا

خوٚجہِ عمہٕ کران چھُ اِظہار　　　لوٚلُک ترانہ بازار
لوٚسُ چھُ لول خریدار　　　نُتہٕ نئٕ کِتاب آسیٚا!



# یَس پیٚٹھ روٗوم لوٚکچار

ہے ویسِی سُہ میٲنۍ دِلبر    یَس پیٚٹھ روٗوم لوٚکچار
صوٗرتھ تِہنٛز مولوٗم کر    کَتھ چھِ میٲنۍ ہیوٗ اَنہار

ہوٗن جمالے نازنین!    ژۄوُن رٔنگِتھ آسمان وزمین
چین بیٚیلہِ کھولُن بر جبین!    اَدِ وَدِہ لوٗوُن اَسمسار

شمشاد قد لوٗزُک بَدن    وُچھِنس پہ تمُیٚ سَرِوقدن
ژُنہِ چھِس شب روز لو وَدن    یِنہِ گوم ہاٲوِتھ روخسار

دوٚیمس لاگو یارٲری!!    کرِہ ہا بہٕ تمِچی تیارٲری!
دوٚیِمِس گوڑٕ تراوساٲری    اَدِ کرو یمہِ کُتھ اِظہار

دوٚیمس راتھا مےٚ بٕنش بَر    ساتھا گرٚا ژٕ راوَر
دوٚیمس پرِژھ کتھ ہوش کر    کتِھ کتھ گژھِ دُشوار

دۄہَس بہٕ کرہ ہے بوسہٕ اَکھ — دۄہَن پہٕ کُنھہ اَس پۄزٕ تہٕ حق!
وُچھِہ کاشِہ نٕتہٕ کاٲنسہٕ گرٕژھہ شاکھ — پٕتہٕ کرِ عالَم سنگسار!

دۄہَس بہٕ ساوَے لَرِ پان! — یُدوَے چھُ اَسہٕ دۄن یکسان
دۄہَن ژٕ ماچھُکھ نادان! — نٕتہٕ چھا اَسہٕ دۄن دُگنیار

دۄہَس مےٚ وَنتم یَرژھہ پَرژھہ — لۄکھ ماگیلن تُلَن رٕژھہ!
دۄہَن دۄن ہیٚلہٕ میۄل گرٕژھہ — وُسی ہیٚیہٕ لۄکہ ہُنٛد گُفتار

دۄہَس وأصِل بناوتم — وَصُلک اَکھ دام چاوتم
نَردس گیٚنٛدُن، ہیٚچھناوتم! — دۄہَن ترٛاوتَم دَربار!

دۄہَن ہیٚنٛز تصویر دِمیےَ! — لیٚکھِتھ پٕرٕنھ تحریر ہیمےٚ
دۄہَس تی چھُم منظوٗر — کۄر پانہٕ وعدٕ اِقرار

دیُتنم پَنُن تصویر تُلِتھ!! — دۄہَن پہٕ تھاوِسینس مُلِتھ!
حِس کریٚنہٕ رُوزی ڈٲلِتھ — ہیٚنہٕ کُنھ ہیٚتہٕ ہیٚیہٕ بازار

سَتھ چھَم دِلس تقدیر یار — شُتھ چھُم گواہ پروردگار!
گتھ چھُس کران تتھ بےشمار — کُنھ بوزٕ گو وٕ نقشِ سردار

رندِ کرِ زندِ مُردس ضُرورا ‌ گندِہ ناپہ تَس پاتَس حضور[4]

مِنہ لشہ یکہ کپتہ چھپہ دوُر ‌ وَنہ ہا وَنہ تَس چُھم پہ وار

رندہ خوجہ عمہ زندہ مران

پچہ پیہڈ پاتَس غُسل دِوان

کفنہ سان پاتَس جنازہ بران

سمبہ ہپہتہ ژلان دَر مرگزارا



# کرمئے سّتی اُصاالتقاہ

بائلی وَنئے مارِ مُتس! کرمئے سّتی اُصاالتقاہ
ژھبنہ فساد بنہ صلاح کرترِژھے وَکالتھقاہ!

بَنُن گُدرُن سیر پَنُن! گرِژھ ہنہ ہرگز غاآرس وَنُن
یاگرِژھ تتھ کانہہ چارہ بَنُن نَیتہ دَرِدچ رفاقتھاہ!

امہ انداز اے صنم! گرِژھتہ سوے دلبر بَدم
میانِ وُنی زہ بس سائری صدم جان بنہم وَصاالتھاہ

روے نازنین پوشیدِتھوون پان میوُنئے مُژروُون!
چھُمنہ مولوٗم کیشازِتھووُن ہنگہ مَنگُک عداوتھاہ

دوست اُسِتھ سپدم دشمن آب روُدُس نہ اندر چشمن
تمہ دوٗرِ دُز میانی ہَن ہن چھم تَوے نداتھاہ

مےٚ چھُ پَننےٚ جِگر دزان!  مارہ خواہی پتوٚبہ مان
وُچھِ جہاں یِتہٕ ماگرِٕژھ جان  سوٚ چھےٚ مَند چھِ خجالتھاہ

تمہِ انداز بہِ یِتہٕ تُلہٕ قدم  پھیٚر ہر سو بوٚ دَمبدم
وو پھِ شوٗرِش عرب وٚ عجم  گرِٕژھ مشہوٗر ذٲلتھاہ

بوزہ ہرگاہ نہٕ بارے دِگر  کینہٕ میثون کڈٕہ دِلہٕ نیٖبر!
انہٕ گُنےٚ عالمَس مَژر  تُلہٕ ترِٕژھے صداقتھا

تمہِ ستین بیٚلہٕ گرِٕژھ نہٕ سُہ رام  سوزِ بالا عرضی تمام
سوٚ مبراوکھ سٲری احکام  لگہِ شاہی عدالتھاہ

وَنہِ سوٚ پوٗری خوٚجہ عمہٕ تَژر!  اَنہِ لوٚکن ضروٗر مَژر!
دَرِ یُدوَے عالمس اَندر!  کرِ بَرپا قیامتھاہ!



# مےٗ ہارَس ماگھ گوم پَیۂ نے بہانَے

بہار آو اَسی کرَو نوٗوشاۂ دِیانے
مےٗ ہارَس ماگھ گوم پَیۂ نے بہانے

یِمُس پھُٹ شیشۂ اَوٗیل پِنۂ دَستے
تِمُس تَتھ واھڑ لگیا بیٚیِہ کُنِہ زمانَے

روٗٹُم اَیِنہ دردِس تَتھ لجِم گڑاے
پھُٹُم سُے بیوٗو پھُتر گوو داۂ دانَے

سُنِتھ گوم ہول تِمِہ کُے لول اوسُم
وُنِتھ کُس زانِہ کِتِہ چھُم سُے دَہانَے

زَبر دیُتنم فریاد گوم نیرِتھ
خبر کتھ جایِہ دیُتُت چھُس ٹھِکانَے

تَہٕ عشقٕچ دِژِن یِتھ حُسنٕ رُوِیس
خبر کمۍ دُشمنن وۄننس ریٖگانے

دوہس دِلدار وُچھنس وار ماچھُم
وِس نیرس ژھانڈنے کُن زوٗن شبانے

یوٗوے صوٗرت تسنٕز ڈیٚشِتھ مےٚ دیدو
توٚوے اَز تزٕ وومُت چھُم خانٕ مانے

شکل ڈیٚشِتھ عقل حٲران گمُت چھُم
نقل تمہِ کُے اَنے کیاہ دَربیانے

خطہٕ چھُم میل موجود یِتھ سینس!
اَتھس چھُم مُہرٕ وٲج تمٕ سُنز نشانے

وَنان خوٚچہِ عمہ غمس منز چھُم مےٚ شادی
بنان وَدنس ضرور اَشِک ترانے

جگر میونے چھُ ژولمُت یوت دوٗر بر!
دِگر دوہ گوم پھیران داہ وانے!

ہیوتُن مُچلکہ مےٚ آئنس بوسہٕ کرنس
دِتیتُن تمہِ نے بہٕ اَز تام یمہٕ نہٕ زانے



# بَس گوس توَے بِلکل خراب

مَس گو وے مٹے ساقی دِتھ شراب — بَس گوس توَے بِلکُل خراب
رَس لوّگ مٹے کھسحتھ پنی کباب — بَس گوس توَے بِلکل خراب

یوّدوَے پیر مٹے برکرم ! — رَنیہ طائلبس دارُالحرم
دِیہ تَس بَدل گوہو ثواب ! — بَس گوس توَے بِلکل خراب

بس بوُز غمن دادہن دوکھَن — مرہم بنہم ضربَن چھوکَن !!
تُمھَ چھُم دواہ پیرُشُند لُعاب — بس گوس توَے بِلکل خراب

دِلبر وُچھُم خابَس اندر ! — شوُنگِھ لرے بَر تختِ زر
کرہَن ہُشیار گرشِھ ہیس عذاب — بس گوس توَے بِلکل خراب

بیدار گو و اَز قدرتی ! — کھِھ تارِ کرہن ننِدرے ہُتی !
خدوخال مھَوُن دَرنقاب — بس گوس توَے بِلکل خراب

فند چشمہ چانہِ چھم دِل لۄوان
بندٕ گی کران زۄن آفتاب
وۆندہ چھمبہٕ تھوٚد وۄ تھنس یوان
بس گوس توے بلکل خراب

رو خسار چھس کافور شمع !!
یکبار دزان کرہ کتھ حساب
بسیار پونپری تتھ جمع !!
بس گوس توے بلکل خراب

دَند موختہ دُردان لب شکر
بولہٕ وُن چھُ زن بھولہٕ ۆن گولاب
وُٹھ برگ لالکی کتھ پہ کر
بس گوس توے بلکل خراب

ڈیکہٕ ٹِکہٕ ڈیکس ہوٚ نزۄر ہٹس
باوُٹ تہ تروٹ ون نوٚن جواب
کنہٕ دۄر دِوان گاش اَنہٕ گٹس
بس گوس توے بلکل خراب

مدہم دھار بوزِم اوٚ صوٚل!
سنطوٗر ساز چنگہٕ نَے رباب
سیتارہ سارنگ بینیہ وصول
بس گوس توے بلکل خراب

نردس گندان وُچھے منے حوٗر !
ہارِ کتھ گژھان کم کم نواب
مارِ کتھ ژلان دِل ہیتھ ضرور !
بس گوس توے بلکل خراب

سوپوری خوجہ عمہ ساد سیوٚد !
پتہ نِش پران بتہٕ رنج کتاب
وُنی چھُنہ پردہن وار ولیوٚد !
بس گوس توے بلکل خراب



# بہٕ چوونس ساقین لوُلک شراب آہستہٕ آہستہٕ

بہٕ چوونَس سارِقین لوُلک شراب آہستہٕ آہستہٕ!
کھٗوان بُزِی بُزی بہٕ چھُس پینی کباب آہستہٕ آہستہٕ

سو کالَس خط دِیُتم یکدم کو کاہٕچ وَنھ زٕٹم محکم
بقالَس ستہٕ گوٚرُم باہم حساب آہستہٕ آہستہٕ

زوالس سأتی گوٚرُم اَچھہٕ ئل کمالَس کُنی گوٚرُم توٚصل
سوالَس تس دِیُتم بِلکُل جواب آہستہٕ آہستہٕ

فنا فِی الشّیخ بہٕ گوس سرہم تنہا بوزُم مےٚ زیروبم
گناہ ترٛاوِتھ کرٕنی ووٚنم ثواب آہستہٕ آہستہٕ

غریبن ستہٕ ژوٚٹُم اَکھواس امیرن ستہٕ تھوُوم اخلاص!
نوابَن ستہٕ بوٗسیدُس خاص نواب آہستہٕ آہستہٕ!

ہیٚو چھُم خود محرمن نشہٕ کاررۄ چھُم درمَن مئےٚ سُۓ اسرار
وُچھُم اَدٕہ پانہٕ دَر دَربار جناب آہستہٕ آہستہٕ!

مہ زان خود جہ عمہٕ بہتھ مسرور گژزان دَر نغمےٚ منصوٗر
دزان چھی سازو نے سنطور رباب آہستہ آہستہ



# چھُ دَم پُرٕ دم بنی آدم

سُلے پھۆلمُت گُلے بادَم
چھُ دَم پُرٕ دَم بنی آدم

گرٕ گرٕ پھیران مأنٛھر گر — دیان اُسی بنیایہ قلندر!
طہارت رۆستے کُران سرخم — چھُ دَم پُرٕ دَم بنی آدم

اڈٕ بوٗ لوگمُت چھی دَرویش — ژٕچھیتھ ٹکرن ہشدی پأٹھٕ ریش
گُنے سیٖرس ہٕنہٕ رٕتمہٕ محرم — چھُ دَم پُرٕ دَم بنی آدم

مَلاہ اکھ چھی دٕرامُت نۆن — سَتن گرَن کھوان کُن زۆن
زَن چھُس ژٕڑ منٛز دیوِ اَھرم — چھُ دَم پُرٕ دَم بنی آدم

اَڈٕ بوٗ مقاوی ہتِ چھ تھٔدی دستار — مُنافقتکی رٕتمن کاروبار!
بناہ گالبکھ رسولِ اکرمؐ — چھُ دَم پُرٕ دَم بنی آدم

گونہگار بَندٕہ بہٕ چھُس باعأبُ — ثناہ بوزُم مے غأبَ الغأب
سنان خوجہ عٔمہؔ چھی ہردَم — چھُ دَم پُرٕ دَم بنی آدم

# زبر تعمیر تھوو مُت چھُم

پہم نا دِلبر خوش ناز — زبر تعمیر تھوو مُت چھُم
دِہم نا درشناہ اَکھ باز — شکر تے شِیر تھوو مُت چھُم

بہ سوزہ ہے قاصدس اَکھِ خط — خبر منظور تھا وِیا تُتھ
جُزِرِتھ قلمس ہٹہِ کُے رَکھ — لیکھتھ تحریر تھوو مُت چھُم

لیکھتھ تُتھ کاغذس اندر — پٹن احوال پائے تا سَر
مئے پانے پا لسِے بر سر — سو رُوے تخنیر تھوو مُت چھُم

دِیم نامہ خطہ کُے جواب — بہ چھس توت تام پرِشھ بیتاب
مئے اَکھ نارس یہ صبر کَ آب — بہ لاگے سیر تھوو مُت چھُم

شکایت میاِ نہ چھس ہُنہ غور — کُشو تیرا ہ مئے لوئن زور
اَما تُتھ پاٹھو مئے وِنتہ موجود — سہ ضرب تیر تھوو مت چھُم

شِلس یَنہِ لِنس کوٚرُم پرتال　　ؤُچھم تَتہِ یارٕ سُند خدٕ خال
دِلس میانِس گرٛھان یس حال　　تمیٚک تدبیر کھوومُت چھُم

مٕرِس میانِس چھُ زونگ دَزوٚن　　ذَرِس ذرِس چھُ سٕے گاش نوٚن
گرَس یَنہِ لِنس اندر وُزہ وُن　　پٕنُن بَم زیر کھوومُت چھُم

قلم لوح دوہ ہیمتہ بیٚنیہِ راتھ　　عرش کُرسی نفی اِثبات
علمبردار لرے فی ذات　　گرَے تقدیر کھوومُت چھُم

ؤُچھان چھُس عشقنٕے سُہلاب　　لوان چھُم حُسنِ دِلبر تاب
اَچھن میانین اندر یُس خاب　　تمیٚک تعبیر کھوومُت چھُم

بٕنِتھ خوٗجہ عمہٕ کران اِظہار
کھٕنِتھ چھُم نقشہ آس دِلدار
ؤنِتھ مشر اہلِ دردن شعر
کرِتھ تقریر کھوومُت چھُم



# میٚول گوم دِلہٕ کِس ترانَس ستی

دِلبرٕ وگوشس تھاومیأنِس بیانَس — میٚول گوم دِلہٕ کِس ترانَس ستی
آفتاب بَرسَرکوہ گوم پانَس! — دوہ گوم دِلہٕ کِس ترانَس ستی

پیرس چیر تھَپھ کٔرِم دامانَس — أتھہٕ واس کوٚرُم پانَس ستی
محرم کوٚرنٲس گنٛجِ عِرفانَس — أتھہٕ واس کوٚرُم پانَس ستی

یِم نقطہٕ سِر چھی نہٕ خاص نکتہٕ دانَس — میل کاغذ قلم دانَے ستی
باہوشُ دِتھ چھُ گوش عشقہٕ افسانَس — میٚول گوم دِلہٕ کِس ترانَس ستی

جیمک گرٕ منٛز جیم جہانَس! — بیمک بُٹھ چھُ مکانَس ستی!
میمک سودا رُخ کِس وانَس — میٚول گوم دِلہٕ کِس ترانَس ستی

وُزہٕ وُن زیرہ بم منٛز پرستانَس — آبادُ مُلکِ ویرانَس ستی!
دَزہٕ وُن چھی شمع منٛز شمع دانَس — میٚول گوم دِلہٕ کِس ترانَس ستی

دوستانہ تھاؤن پزِ انسانس        دُشمن کھیاؤن پانس ءِ ستی
درحدیث وُچھ نبیؐ صائبنس بیانس        میّول گوم دِلہ کس ترانس ءِ ستی

وَلقد کرّمنا بجزء اِنسانس!        سُے آپہ چھی فرقانس ءِ ستی
اَلاِنسان سِر ہو سَرہ بازانس        میّول گوم دِلہ کس ترانس ءِ ستی

سولوری خوجہ عمہ ونان یائ ذی پانس!        ہینہ آس آخر زمانس ءِ ستی
کرہ کیاہ پوشُس نہ عہد و پیمانس!        میّول گوم دِلہ کس ترانس ءِ ستی



# وَلے بأئی گیمے کل

لأگیتھ چھِکھے لاچل  وَلے بأی گیہ مے کَل!
دیدار حضرت بَل !  وَلے بأی گیہ مے کَل

شالہ مأر پیپھ گوشن !  پھُلے لج اچھ پوشن
بولان دیدرِ تےجَل  وَلے بأی گیہ مے کَل

لأیتھم حُسنہٕ کمند!  اَتھ منز کور تھس بَند!
زُلفس تہٕ نے موکل  وَلے بأی گیہ مے کَل!

لو یتھم اُلفتُک زال !  وُلنہٕ آم پایے تا تال!
کرٕ تھم جادو ہانکل!  وَلے بأی گیہ مے کَل!

سوپوری خوجہ عمہ ہے  وایان درِد چ نے !
پیاران چانہٕ برتُل!  وَلے بأی گیہ مے کَل

---

نوٹ :- یہ غزل چھ مئے جناب محمد مقبول گنائی ہندٍ زبأنی بوزمٕژ۔ یُس سیر جاگیرِ کر روزن وول تہٕ بہترین گیوٗن وول چھُ۔

# مَتہٕ لال بہا جرے دامانس

بہٕ ہا لگے چانِس نُورانَس — مَتہٕ لال بہٕ ہا جَرَے دامانَس
بے پیٖر ترِ یاو قہرِ دریاو — اَوے تَس گیہ پیٖرِ وٕنی ناو!
ترٕ کبھٕ پاے ٹھین پُلِ صراطس — مَتہٕ لال بہٕ ہا جَرَے دامانَس

بے پیٖرس چھی نبیؐ بیزار — ییٚتہٕ کھوتہٕ چھَس پیٖرِ وٕنی ناو
منگہٕ کیاہ نفِہس تہٕ نقصانس — مَتہٕ لال بہٕ ہا جَرَے دامانس

بے پیٖرس چھی ابلیس یار — ییٚتہٕ چھُس ہاوان نوٚوُے بہار
بینیہٕ چھُس لاگان بدکارس — مَتہٕ لال بہٕ ہا جَرَے دامانَس

بوز باپیٖرن ہُنُدے مُدعا — مُرشد یمن چھی رسولِ خداؐ
تَتہٕ آسہِ باپیٖر تِل سایس — مَتہٕ لال بہٕ ہا جَرَے دامانس

پیٖرے چھُ تاکید وَتہٕ ہاوان — پیٖرے چھُ سیٖرچ کتھ باوان
پیٖرے کھے کاسہِ آیٖنس — مَتہٕ لال بہٕ ہا جَرَے دامانَس

اَصلی پیٖر چھِ مالکے کار !
پیٖرٕ چھُ مالِک میخانٕس

پیٖرٕ چھُ باوان سیرِ اسرار
مَتہٕ لال پٕہ ہا جَرٕ دامانَس

بوز باپیٖر چھِ بہتھ آسان
شہرٕ گامہٕ پأغام باپیٖرس

بہتھے عالمَس چھِ پھیران
مَتہٕ لال پٕہ ہا جَرٕ دامانَس

باپیٖر زأنتھ دیٖن و مذہب
تمہٕ چِھ خبر باپیٖرس !

زأنتھ وَنان تمہٕ اَقرَب
مَتہٕ لال پٕہ ہا جَرٕ دامانَس

سوپوری خوجہ عَمہٕ تَوٕ نالان !
نہ چھَ ریٖہہ نہ چھُ دُہ تتھ نارس

نارٕ سوزِ عشقُن بارہ للہٕ وان
مَتہٕ لال پٕہ ہا جَرٕ دامانَس



# بوزکھے سوخنن وارِ ہتھاوکن

الحمدُ للہ حمدُ سُوزذائن
بوزکھَے سوخنن وارِ ہتھاوکَن

الف چھی اللہُ بُ بر حق! — تُ آو تورَے عشقہِ سبق
ثُ گووثائِت دوہِنوفی عالمَن — بوزکھے سوخنن وارِ ہتھاوکن

جیمس منثر چھی جیم جہان — حُ وون حبیبن دَرفرقان!
سُے آیہ کریم پرثرہ گرثرھ عالمَن — بوزکھَے سوخنن وارِ ہتھاوکَن

خُ چھی خالِق زانتن گُنُے — دُ چھی دُری یاو تہتہ دیُووفُنے
ذُ پر ذکر دے دوپ رہیمن — بوزکھے سوخنن وارِ ہتھاوکن

زُ چھی زراعت قی بدُنیا — سُ چھی سَر کھے سُوری نُرزاہمہ
شُ چھی شاہدُ ص رُوط صامِ ترن — بوزکھے سوخنن وارِ ہتھاوکن

ص، بوز دلالت روز بيدار — ط، پڇي طائبن لنشه اسرار
ظ، ڏ پڇهو عينڪ معنه وڏن عاشقن — بوز کهے سوخنن واڙ ٿهاو کن

غ، پڇي غافلن ٿهر غفلت — مدعا بوز ڄلا پڇي از رحمت
ف، پڇي فناه دَپ فاني سراين — بوز کهے سوخنن واڙ ٿهاو کن

ق، پڇي قدرت فرماوان — کُلُّ مَنْ عَلَيْهَا کالي گرٿه فان
توَے پوگ روٹمت اسرافيلن — بوز کهے سوخنن واڙ ٿهاو کن

ک، کلمه سَرهاکوڙ ئے عاشقن — لامن لول بوڙ سيرهٔ کهقن
ٺمۃ کمهقه سَره چهے آسان فقيرن — بوز کهے سوخنن واڙ ٿهاو کن!

م، اوس محمد ﷺ سوے جليل — ن، لتس ندا ہمقه آو جبرئيل
وُهقو حصَ سائل کرو کُلِ آسمانئن — بوز کهے سوخنن واڙ ٿهاو کن

و، پچي وَحدَهٗ لاشريک بوز — ه، پڇي هدايت محکم روز
ننة لام الفس پچهے گاهٔ شرملون — بوزنے کهے سوخنن واڙ ٿهاو کن

ءٔ ی، ياد ٿهاو الف ب، بوز — سولوری خوجه عمه پران شبروز
ئے الف لام ميم پوڙے وده ستادن — بوز کهے سوخنن واڙ ٿهاو کن



# دِلاور زوردارن مشز

سِلاح سامانہ گٹ ڈِ ننہ نیرا ! دِلاور زوروارن مشز !
مَڑن بہتر ڈُڑن گرِشھ نا بندوقن تلوارن مشز !

گوٗنگُل کوٗر ہے زمیندارو کران اُسی الہ فالگ سشز
وَوُن ہیوٗت نان گارو بیوٗل مقُامی مرگزارن مشز

گھپن ثرائے شیر شندر شرزنز توٗے ہیوٗت شالوے مَس چیوٗن
پشزہ لو ہیوٗت حُکیم نر لاگُن وَہ کین دیوارن مَشز

ڈُدری ندہر چھِ گا مَتی غائب چھنا ہرگز نبر نیران
توٗے ہیوٗت گاڑوے پھیڑن فِضائی آبشارن مشز

سیبیوٗ خاکرولوتے اُمید واروہ چپراسیو
ہیٹر کھڈ ٹی پارٹی لاگہز ! جچن تے عہدہ دارن مشز

کہتاہ ؤ ئی راہٹہ موغلن ساہٹہ اَکے ‏ ‏ ‏ ‏ سُہ ؤ ئی نے کاہو پوٹین گُن
ہزار داستان پرندہ جان ‏ ‏ ‏ ‏ چھُٹ بولان جالوارن مشز

ونان خوجہ عَمہ دوستن! ‏ ‏ ‏ ‏ دُشمنن اہلے وطن بوُزو
ہیّیوز روطنہ گُے برسر! ‏ ‏ ‏ ‏ مہ رؤزو فرقہ داران مشز



# لوٗکِٕ قدم چھِ میٚنۍ نش

ڈرالوس بہ شوقہٕ توشن     لوٗکِٕ قدم چھِ میٚنۍ نش!
آدی مئے گوٗم گوشن     شادی تہٕ غم چھِ میٚنۍ نش

شوہہتہ بہہتہ چھُ شیطان!     اٚکہٕ سے گرس بہ یک آن!
ماو، ڈٕنڈ، ترٛکرٕ تہٕ پرٛمان !     تولان سُہ یم چھِ میٚنۍ نش!

خالو زُلف تہٕ ظُلمات     سِکندرٕ تہٕ آبِ حیات
نفی یَس گِندان اِثبات     آدم یِہ دَم چھُ میٚنۍ نش

نوح ناوِ منز بہ طوٗفان     ہٕستی ہہتہ اُمت چھُ ایران
سرے سٔرس سُہ وایان!     اندر وہم چھُ میٚنۍ نش

ابراہیمؑ تہٕ نارِ نمروٗد     مٕی نش چھِ مال موجود
اسماعیلؑ ذبیح اللہ اُود     خود باحشم چھُ میٚنۍ نش

موسیٰؑ برمے ہا داؤدؑ — عیسیٰؑ زندے چھُ موجود
محمدؐ، حبیب، معبود — کھاُ وِتھ قدم چھ میٚنۍ نِش

صدّیقؓ، عمرؓ تہٕ عثمانؓ — ژۆرِم سُہ شاہِ مردان
حسنؓ و حسینؓ شہیداں — سُہ یزید بغم چھ میٚنۍ نِش

اَصحاب کبار جمع کر — ستی ہیتھ نکیر و مُنکر
جہنّم، جنّت برابر! — ہاُ وِتھ قسم چھ میٚنۍ نِش

تحت الثّریٰ خلائق! — شمس و قمر موافق!
جبریل ملک ملائک — عرش اعظم چھ میٚنۍ نِش

اَکھ لچھ ژۆوُہ چھ یَم سپیر — ساری چھ تم مےٚ حاضیر
روزِ اَزل تہٕ تقدیر — لوح و قلم چھ میٚنۍ نِش

تورات زبور و انجیل — فرقان تہٕ وحی جبریلؑ
گیتا سرو یا بے قیل — ذاتی زنم چھُ میٚنۍ نِش

مسجد شہانہ مندر — میانے گرے چھ اندر!
کعبہ خلیلؑ و آذر — بیت الصنّم چھ میٚنۍ نِش

تسبیح نماز لایزال    یُوزا زُنّار و زُف مال
ڈیکہٕ ٹِکہٕ دَھرم بہرحال    ثابت قدم چھہٕ میٚنۍ نِش

کلمہ صحی تہٕ رام رام!    مذہب، مِلّت باحکام
گویا کُفر تہٕ اِسلام    گُم دَر عدم چھہٕ میٚنۍ نِش

مَے خانہٕ مَے تہٕ کلوال!    ساقی چھُہ محو دریں حال
یعنے مِثل تہٕ میثال!    کُل جامِ جم چھُہ میٚنۍ نِش

شام و حبش، سمرقند    رومو تُرک بہ مَے ہِند
چین و شیراز پابند    عرب و عجم چھہٕ میٚنۍ نِش

خوبہٕ عمہ چھُہ دروطن بوز    دَر دُک پران سُخن بوز
حُسنس عشقس کران سوز    زیر و تہٕ بم چھہ میٚنۍ نِش



# راز بن راز دان بن

سازٕ بن سازٕ بن سامانہٕ بن  راز بن راز بن راز دان بن
ہم رنگ پأدِ کرٕ حاٗس مشٕز  لاٗس جاے رَٹھ خاٗلس مشٕز
بے رنگ زُلفہٕ کےٚ شانہٕ پیچان بن

مجنون مَتہٕ چھُکھ عشقہٕ شیدا  عقلہٕ ستی ڈیشکھ شکلِ لیلیٰ
بڑٕ وٕنٹھ پکھ تڑٕاو پھرٕکھ دلِ دیوانہٕ بن

ہٕرٕ وُچھ نارٕس کیٛاہ چھی زور  رژھ رژھ پاےَ گژھ کمزور
بر شمع لا طمع شادٕ پروانہٕ بَن

عشقہٕ عاشق لاگ بُلبُل  مُشکہٕ پأٹھِن پھولے گُل
مُشک چھکھ دانہٕ دانہٕ عشقہٕ پیچانہٕ بَن

سوپوری خوجہ عمہٕ وُچھ حقیقت  وندٕ گژھ رَژھ رژھ بہارِ پیٛہ پتہٕ
گُل پھولن کُنڈٕڈی ڈولن کل نژٕا اعلان بَن

# کیاہ سناہ ییہ ناسنا

دِل ہیتھ ژوٗلُم دِلرُبا ! کیاہ سناہ ییہ ناسنا!
پانہٕ پان ییلہٕ ہوو نم ! جان و دِل تمبلوونم

خانہٕ مانہٕ کوٗرنم فناہ کیاہ سناہ ییہ ناسنا
بُرقہٕ رویس چھس نقاب ژھایہ اوٗبرس مہتابُ
شانہٕ مولیس چھس پناہ کیاہ سنا ییہ ناسناہ

شانہٕ کرِتھ کوکلن ! ! دیوانہٕ کران عاقلن
لوٗرِے برٛتھ ہٕن ہناہ کیاہ سنا ییہ ناسنا!

وُچھنے روزِس برٛوٗنٹھ بٔتہ تیتھ کرِہس نالہٕ متہ!
یا ثواب چھم یا گُناہ کیاہ سنا ییہ ناسنا!

سنتہٕ خوجہ محمہ چھی مُدعا بنتہٕ تس یارس فداہ
ونتہٕ کمیٚ کوٗرنس منتاہ کیاہ سنا ییہ ناسنا!

# شانہٕ بوٚڈ پانہٕ آو حبیبِ اکرمؐ

جان و دِل ہمراہ کر ادا دمبدم
شانہٕ بوٚڈ پانہٕ آو حبیبِ اکرمؐ

تس چھ زیرِ دامان ٔبڑی اولوالعزم
شانہٕ بوٚڈ پانہٕ آو حبیبِ اکرمؐ!

نورِ اَحد گوو ظہور احمد!!
قدٕ محمدؐ زان حدو لا احد!!

حضرتِ محمدؐ چھ نبین سرقدم
شانہٕ بوٚڈ پانہٕ آو حبیبِ اکرمؐ!

پادشاہِ لولاک دُنیا و دین!
سُے گوو رحمتہ للعالمینؐ

سائیس تل چھس دہ نوٗے عالم
شانہٕ بوڈ پانہٕ آو حبیبِ اکرمؐ

والضحےٰ لعتریف روٗے نبیؐ!
واللیل مویُس شانہٕ تس پھی

خود خدا چھُہ ہاوان تمہٕ روُیک قسم
شانہٕ بوڈ پانہٕ آو حبیبِ اکرمؐ

ییٚلہٕ پیوٚو پرٕتو روٗے آنجنابؐ
حضرت خدیجنؓ ڈیوٗ مھٹنے خابؐ

گیہ فدا ہستی ہیتھ دولتکو نوٚ پدم!
شانہٕ بوڈ پانہٕ آو حبیبِ اکرمؐ

آس چانہٕ پرٕتل خاص مُضطر
بے چارٕ بے کس چھُس بے ہُنر

پاس کرنہٕ کٲنٛہہ کاستم فکر و غم!
شانہٕ بوڈ پانہٕ آو حبیب اکرمؐ

غمہٕ منٛز شادی دِم غمگینس
شرٛچھُم واتہٕ کرٕ مدینس !

چھی بااللہ میٚ لِلّٰہ دستِ کُشاد کرتم
شانہٕ بوٚڈ پانہٕ آو حبیبِ اکرمؐ

سو لوری خوجہ عمہٕ وٕنان مختصر
اِبتدا اِنتہا چھُ آں سرورؐ

شوقہٕ تہندِ پاٚدٕ گوو دوہ راتھ لوح قلم
شانہٕ بوٚڈ پانہٕ آو حبیبُ اکرمؐ



# مُدعا دِین ایمان سیدی ژٔرے حأصِل

مُدعا دِین وایمان سیدی ژٔرے حأصِل
رسولے خداؐ زان شہنشاہِ عأدل!

صاف کرٕ ہا زبان لتوتہٕ چھُمنہٕ اِمکان
معاف بے ادبی بشر چھُس بہٕ غأفِل

خوشی گیہٕ جلیلس سوزن خلیلس؏
لکھتے جبرئیلس فرمان نأزِل

سُہ گوو نِشہٕ ذاتس اندر رأتی رأتس
کوٚرُکھ وصلِ معراج بنیلئے پانہٕ وأصِل

عرش زیرِ پایَن تھوٗوُس پانہٕ ذاتَن
عرش بنیہٕ افلاک سٔتِن فرشِ کأمِل

یمِس پیہٕ در خاب خود پانہٕ آنجنابؐ
تمِس کتہٕ روزی آرامِ کأمِل!!

درود دے چھُ سوزان خداتس بہر دم
یمن کہتہٕ نے معنہٕ کیاہ زانہٕ جأہِل!

یہٕ سو پوری خوجہ عمہ فِداتس بہٕ ہر دم!
مُدعا بوز گدا تورٕ آمُت چھُ سأیِل



# اِمام زادَے کرٔی شہید یزیدن تَے

اِمام زادَے کرٔی شہید یزیدن تَے
تِہنٛدِ دا دے وۄد زمین آسمانَن تَے

تولُّسیُن ناوکوٚرنکھ دِہدِ بابَن تَے!
تِمہِ ناوِ بوزتھ چاو بوٚرنکھ جَدِ پاکَن تَے

تِمہِ نوٗرِ دِہدِ کوچھہ للہٕ وُے آنجنابن تَے
تِمہِ کوچھہٕ اَندرے آیہٕ فرقان اَسی پرَن تَے

نوٗرانہٕ تِہنٛدے گیہٕ ژٔجی دوٚن عالمَن تَے
تِتھ نوٗرہ منزٕ لیس گوٗرِ کوٚرنے معبودن تَے

حسنؑ تہٕ حسینؑ زٕوٗن اَسی منزٕ تارکَن تَے!
نَتہٕ کوٚہ تلہٕ اوس کلہٕ کوٚڈمُت آفتابَن تَے

اَولِم فساد وۄتھ خط لیوکھ تٔمۍ مَروانن تے
دَر بے خبری مُہر کٔرنس عُثمانن تے

گوڈ بوٗز فَسادس معاوِیَن بیٚیہِ مَروانن تے
رٔتہٕ وٕے شہادتھ واتناوی حسَینؑ تے

زور کوٗر یزیدَن بیٚیہِ شُمر لعینن تے!
گو وجنگ بَرپا دَر کَربلا دوٚن فوجن تے

سُہ فوجہ یزید کٔش کَڈِتھ اوس تلوارَن تے
بیٚیہِ نیزٕہ خنجر تیٖر باران آسی لارَن تے

تختس بیٚہُن اوس بعد حسنیانن تے!
کھوٗٹ سیر معاوین تخت تاج روو شہزادُن تے

سَر بیٚلہِ ژوٗٹھکھ لرزٕ سپُن شین طرفن!
گیہِ ثٔنز قیامت عالمس مشرٕ بَرپا زَن تے

رٔتہٕ جامہٕ کٔرزالی کٔری ووزٕلی تٔمۍ خوٗنَن تے
سُہ خوٗنِ اِمام یادِ اللہ اُوس پرَن تے!

بِمتہ خونِ سرخی زئٹ عرشن بٹّیہ فرشن تے
چاک گیِہ گُلّین بوزباکھ آیِہ گُل مَلکن تے

ہَمتِہ خونِ ہستی پر ہائرنگے نے چھُتی کوتَرن تے
سُے گوہ و مدِینس مثر خبر ہیبتہ اَصحابن تے

تی بوُز مکن بٹّیہ شہرے مدِین سے تے!
ڈُز جامِہ تِموُ خاکّ موّل ئمُو قبیلن تے

سُے غم ئتہ ماتم روّٹنے ذرِہ ذراتن تے
اَمِہ آمِہ تاُوُک نامِہ لیُوُرنے خوجہ غَمنتے





روزِ روزے گِیہ مۓ زیادے     ماہِ حیاتن نبیؐ
بوز مۓ کنو جایہِ جا یے     شاہِ حیاتن نبیؐ

دڑاے جنگس یارِ ئے ءستو     اوس وزان طبل نبیؐ
آسی عاشق اِنتظارُس     راہِ حیاتن نبیؐ

آس جبرئیل نصف راتَن     یا رسول یاد کُروذاتن
وُچھکھ دیدو لامکانے     دڑاے حیاتَن نبیؐ

اوس بُراق نالہِ دِوان     یا رسولؐ سپدِ وسوار
بُلبلو کرُ نالہِ زآری!     دڑاہِ حیاتن نبیؐ

خودِ خو بَیہ حُورِ غِلمان     مَے مَلک آسمانکو
شب روز صلوٰت سوزان     سوئے حیاتن نبیؐ

دوٗپُس ذاتن میانہِ معشوقہ    کیاہ ضوٗر نوٗر کدہ بہ چھی ثےٓ وَن
اُمتٍ ئکی دعوا کران تتہِ    دڑایہِ حیاتن نبیؐ !

گرژھیتہ خوجہ عمہِ اَز دِلو جان    گرژھ پَران صِفتِ نبیؐ!
روز شب چھُس نالہِ دِوان    کوئیہِ حیاتن نبیؐ !





مے خانہٕ مے چھُم پانَس ءستی
چھیہہ گے کاٗتی دیوانے !

یَس یہ لیُو کھَسَم تَس تِی واٗتی    بَس پٕھی سورُے بہانے
بوزِ کھَے روز کھَے دَر ندامأتی    چھیہہ گَے کاٗتی دیوانے

گُلِسے اُکِسے سِتھ شاخ ساٗتی    زِ ے شاخ بو سَرِہ نیرانے
برِہ گن الہ ڈٕلِہ گرٕھان لغداتی    چھیہہ گَے کاٗتی دیوانے

اُندری ینِدرِس تُزھل گوو باتی    زاٗویُل تو سَے ترٛاوانے
ہتھان آو موٕلہِ وِنہٕ وانے ءستی    چھیہہ گے کاٗتی دیوانے

طوطاہ وُچھِے خوش صوراٗتی !    پنجرِس منز اوس بولانے
وَنہٕ چھے ہارِہ تَس گیہِ مدماٗتی    چھیہہ گے کاٗتی دیوانے

بتن دوݨ میوں ہاگو ولصف رأتی     شیݨ طرفن پیوو نورانے
یار آو یار س نش سلامأتی     چیبھ گے کاأتی دیوانے

میتہ کلوانس گیہ ملاقأتی     وصلکہ شیشہ مے چاوانے
مے چوو عاشقو گیہ متہ مأتی     چیبھ گے کاأتی دیوانے

شاہ ہبے اکبے ہرے غلام عزتی     ہرے مسافر آسی پیبارانے
تی خوجہ عمرہ نے ووچھ قدرأتی     چیبھ گے کاأتی دیوانے





خفتہٕ اوٚسس بیدار کوٚرنس
یارَن محوِ انوار کوٚرنس!

دوٚیمہٕ بڑوٚشہہ پکھ بوٚونم سیرِ حق
محرم سیرِ اسرار کوٚرنس

اِشارٕہ ہوٚونم دِل تنبلوونم!
عاشق ماہِ روخسار کوٚرنس

یِمہٕ زُلفِ کاکل وَلنٕہ آم بِلکُل
بندٕ بہٕ درزُلفِ شہمار کوٚرنس

بوزنم زارٕی لگہٕ ہس پارٕی!
واقف لایقِ دربار کوٚرنس

توٚرٕ کرٕنم نظر سیدُم سُے اَثر
لایقِ دیدہ دیدار کوٚرنس!

اوُسس بے پرے چاۂ بے ہُنر
پاز دار جانا وار کوۡرنس

دوہیم گمتھ کر پانس پاے سر
پاۓ پانس خریدار کوۡرنس

چھبس میاۓ ماے دوۡہیم پاۂ دالے
دَرسوخن عین عیار کوۡرنس

کن تھاو سرۏدس واجبِ الوجودس
تمَہِ کےُ نامِ نِگار کوۡرنس!

خوجہ عمہؔ پانَے چھی غزل خوانَے
ہنگۂ منگۂ داغِ ارشاد کوۡرنس





بندٕ ییٚلہِ بندگی کرِہ راندٕ ستی — بندٕ وُچھہِ بندٕ ستی حق سُند نوٗر
بندٕ تیٚلہِ مولاہ بنہِ گوینٛدٕ ستی — بندٕ وُچھہِ بندٕ ستی حق سُند نوٗر

دارِ برٕ ترٛٲوِ پرِتھ رٕکھٕ کارندٕ ستی — بارِ پینٕہٕ نے بنکھ ژٕرِ تہٕ منصور
کارِ درویش چھِنہٕ آسہِ تہٕ جنٛدٕ ستی — بندٕ وُچھہِ بندٕ ستی حق سُند نوٗر

پھیرِ نَس آسہِ یَس زرٕ روٗس چنٛدٕ ستی — یَرٕ نَس تَنٛدِ یَس اَندری ژوٗر
مرٕ نَس ہیم چھُس لَسہِ کمہِ اندٕ ستی — بندٕ وُچھہِ بندٕ ستی حق سُند نوٗر

اَکھ لچھِ ژوٗوٕ ساس چھِی باشندٕ ستی — یکھ وُچھہِ اَکہِ اَکہِ کاتھہِ ماچھُ دوٗر
شکٕ کاس دندس دندوایتھ نہ دنٛدٕ ستی — بندٕ وُچھہِ بندٕ ستی حق سُند نوٗر

اَتھ زہرِ گُلسِے ماچھِ بیونٛدٕ ستی! — تَتھ ماژالہِ زاہہِ یکنیُ قصوٗر
کَتھ بوز ٹھہٕ ٹھوَن میوٕ کھٕ ڈگرٕ ھہٕ قندٕ ستی — بندٕ وُچھہِ بندٕ ستی حق سُند نوٗر

وَرہ ہوّل اَرہ کھوّر سیتو دگرِڑھبہ رندءِ ستی — سردار پہان یوّدلا گبس تور !
مُردار پاک گرِڑھبہ آب شر بندءِ ستی — بندہ وُچھہ بندءِ ستی حق شُند نُور

سبزہ صابنہ روّس دوّب کمہ اندءِ ستی — رَز کتہ یَلوَن مَل کرہ دُور
پڑزلہ کتہ بوہہ روّس جھلہ یوّ دسیندءِ ستی — بندہ وُچھہ بندءِ ستی حق شُند نُور

سولیوری خوجہ عمہ بنیہ سَر بندءِ ستی
تاب دار آب باءِ گران بَر پوُر !
جویہ ڈُوری سگوان روِے شرمندءِ ستی
بندہ وُچھہ بندءِ ستی حق شُند نُور





پیٔہ نے گرِ منٛے دیدار ہایے
چھُم ہرشایے پأنٕہ بھگوان

آءِنہ بایہ وۄنٕنے ہا ژمٕس دایے     دأنٕس کُٹے چھیٚکھ سنٛز راوان
کھنہِ کےٚ کھانچار امٕس بھایے     چھُم ہرشایے پأنٕہ بھگوان

بالکس تورٕے سال کرنہِ آیے     وِشنس کیاہ دَیہ پرمیشور ! !
ننده پرمالنس گوٚند ہیتھ دڑایے     چھُم ہرشایے پأنٕہ بھگوان

ماہ گنیش کیشُتھ نمسکار آیے     دَم راز دأنٕس ستی چھس لَے
ساز کوٚر پأنٕس نازِ سیتایے     چھُم ہَرشایے پأنٕہ بھگوان

راوَنن سیتاے رِنیہِ لنکایے     ستی سیتایے پَرماتمَا
شام ہیتھ رام ژندوٚن گرِہ ہوژلیے     چھُم ہرشایے پأنٕہ بھگوان

راوَن ہنومان جنگ کرنہٕ دڑایے — راوٕنس سیٖود گیہ رامنِ کان
راوَنس تاوَن پیوٚو تمہٕ جایے — چھُم ہرشایے پانہٕ بھگوان

ٹھوکرس نوکری وٲرانہٕ آیے — ہٕرٕ ییس ستین چھُس وہٕژار
پیٹھ پرستانٕس ذرہٕ یاہ چھایے — چھُم ہرشایے پانہٕ بھگوان

بَرہھایہٕ لکشمن پیالہٕ ہیتھ آیے — سالہ اوس آمُت تمن مہزمان!
رامس کامَس ملہٕژار بنایے — چھُم ہرشایے پانہٕ بھگوان

صفائیُس پنہٕنے آئینہ ہھایے — گفاہ چھینہٕ شاسترٕ وٕنھتے بوز
زان ییُس کرِسےٚ پانٔ بدلایے — چھُم ہرشایے پانہٕ بھگوان

دیندار شاستر دِل شولہ نایے — شاستر بایے شمعس کرِتنیاہ
خواجہ عمہٕ مشز گنیانٕس ژلیے — چھُم ہرشایے پانہٕ بھگوان





خارِہ چانے عاشق گٔلِیے لو    خارِہ مے ہتھاوہا آرِہ ؤُلِیے لو

یَس یہِ ازلس اٗسی تورِہ تقدیر    تَتھ مازاثھہ بَنہِ یِیتہِ کاثھہ تدبیر
اَتہِ حاٗران کم گاٹلِیے لو !    خارِہ مَے ہتھاوہا آرِہ ؤُلِیے لو

کَتھ معلوم چھَے محرم کارَس    سَتھ اَرڈٔلی چھی بنیؐ تاجدارس
تڑے چھی اٗری ڈری ژور اَڈٕ گٔلِیے لو    خارِہ مَے ہتھاوہا آرِہ ؤُلِیے لو

خو جبہِ عمَہِ نے وۆنِہ نے سولورَے
یہِ چھِ اٗزی کٔہن باگنہٕ تۆرَے
یَس یہِ لیکھتھ گوو لَتس کور ژلِیے لو
خارِہ مَے ہتھاوہا آرِہ ؤُلِیے لو





سُلہٕ لۭجۍ پھُلۍ گُل بادمن    جانانہ میٲنیو اِیو بمن !
وَنتم ژٕ مشتاق گوکھ کمن    جانانہٕ میٲنیو اِیو بمن

دَردے وُچھام پرَدیس اَندر    نَردَس گیندران ہٕرے جانو
مردے وُ الان زِندن کفن    جانانہٕ میٲنیو ایو بمن !

یامت وُچھام اُشکہٕ اچھو    عشقٕے عشقس مُحواہ گوو
عشقٕے چھُ گاران عاشقن !    جانانہٕ میٲنیو ایو بمن

دوٗرِ لٲیہم حُسنٕچ کمند    دَر دام پاۓ سرگوس بشد
وَلنَے منے آم زُلفے خمن    جانانہٕ میٲنیو ایو بمن

دأرِتھ دیُتُن زُلفک پہٕ زال    مأرِتھ پہٕ ترٛوٲنس فی الحال
پأرِتھ پہٕ روزس تَن تہٕ مَن !    جانانہٕ میٲنیو ایو بمن

خارَس منٛے گرٛزِھنم گُل پھوٚلِتھ! یامتھ پہٕ گرٛزِھ یارَس زٕلِتھ
مارَس پہٕ پاأن تَل قدٕمن جانانہٕ میٚانیوٚ رِیوٗ بمن!

یَس ژٕاو پانَس عشقہٕ زَر سُے گوٚو دُزِتھ تاپایہٕ سر
وٚوٚنٛنَے یہِ سوپوری خوٗجہ عُمن! جانانہٕ میٚانیوٚ اِیوٗ بمن!





## مۆت اوس مجنون آو دُنیا ہس
## بنیٔاو دیوانہ کھوّت نجدس!

[۱۲۰۰] باہ شھ لڑکے اَسی ژاڑہ ہال ! — رِتم اَسی پران لأل مجنون
وۆن اَسی دِوان فرقانس — بنیٔاو دیوانہ کھوّت نجدس

ژاڑہ ہالہ اَندرے ننُٔ دڑایہ کبھ — لألہ مجنونس بنیٔاو محُبت
سُۓ خبر وأڑے شاہِ عربس — بنیٔاو دیوانہ کھوّت نجدس

خاراتھ ژھاندطنہ مجنون دڑاو — کھوس ہبھ لألہ ہُنڈ آنگن ژاو
خاراتھ مونگنے دالیہ دیٔتنس — بنیٔاو دیوانہ کھوّت نجدس

خاص پسراوسُۓ یعقوبسؑ — حضرت یوسفؑ ناواوس تس
پھنڈہ ووہ ربا یو لوئیکھ چاہس — بنیٔاو دیوانہ کھوّت نجدس

فرہاد اوسے بوّڈ پہلوان بجُہ اَکِہ روّٹنے کوہ تڑتان !
تالہِ ٹوّنگ لوپنس ہالہِ گیُندتس بسنیٲو دیوانہٕ کھوّت نجدس

اَصلچہ وَتہِ پیٹھ روز محکم
بنیٚ یس درگاہ سوز ہم دَم
خوجہ غمہٕ دِے کر دوٗر پالنس
بسنیٲو دیوانہٕ کھوّت نجدس



# مَن تھاو بیُدار غافِل مباش

گوڈٕ اٚس اَنہِ گٹہٕ اَدٕ آوگاش ! مَن تھاو بیدار غافِل مباش
حضرت آدم لدٕ نو وُن کیوٗنٛز کالاہ بناو نو وُن
جنتہٕ منٛزٕ کنکھ کھیٛوٗن سیٛرس گوس فاش

طوٗفانہٕ ناو بُڈٕ نہٕ نوحٕ نبیس ! تمِہ دوہہ سٔہلاب کوٗرُن عالمس
بجُہ دیُٹ شُپ پُیس وڈٕ آیہِ آکاش



# أسی گٕنڈو یارس زوٗنہٕ متیو

ماںٕ رین دِیان پنٕنِس وعدس
أسی گٕنڈو یارَس زوٗنہٕ متیو

مان مان شوٗبیٚا سوارَس تہٕ پیٚادَس
نۆوارَس آمہٕ پنٕنہٕ سَپدیا واٹھ !

کُہہ واتِہ اَمہٕ کَس پنٕنہٕ ہَس تہٕ راَدس
أسی گٕنڈو یارَس زوٗنہٕ متیو!

ریٚتہٕ سال کۆرنے حضرتہٕ سُلیمانس
زنہٕ مژ نعمژ چھَینہٕ موکلان!

کیٚنہہ توٚگ نہٕ بوزُن تَس شہزادَس
أسی گٕنڈو یارَس زوٗنہٕ مَتیو

سیر گژھ پۂ باوُن تَس نامُرادَس
یُس ترٛاوِ نوٗنُے دَر بازار !!

سُہ کیاہ فَرق بوزِ دۄنَس ہۂ سوادَس
أسی گِنڈَو یارَس زۄنِہ متیو

سولوٗری خوجہ عمہٕ یام پیٚوو صادَس
تام گٔیہِ بعدس خرٲبی !!

یام زینہٕ روزہ خام اولادَس !
أسی گِنڈو. یارَس زۄنِہ متیو



# شِوشِو شمبھو ہے بھگوان

پریمی دِیدو وُچھِہ ناوان      شِوشِو شمبھو ہے بھگوان
اوم سُوہم سُو پریم ہاوان !      شِوشِو شمبھو ہے بھگوان

پرٛیمے چھُ اوم پرتٕمے چھُ سو      پرتٕمے پریمس ہاوان رُوح!
پرتٕمے تتالب برتاوان !      شِو شِو شمبھو ہے بھگوان

پرتٕمے الفس لِشہ گو ونوٗن      پرتٕمے لامَن میمس ووٗن!
پرتٕمے دوٗن گو وکُن یکسان      شِوشِو شمبھو ہے بھگوان

پرتٕمے عرِضنہ گرٕہ سیوا      پرتٕمے ہیرٕ لوٗن گرٕ ہم ہا!
پرتٕمے ٹھاکُر وُزٕہ ناوان      شِو شِو شمبھو ہے بھگوان

پرتٕمے ابیاسس یوگ نِرمل      پرتٕمے یِندرِس أندری نِرھل
پرتٕمے پریمس پرنٕزاوان      شِوشِو شمبھو ہے بھگوان

پرتھے ہیرہ تے پرتھے بوّن
پرتھے تاباں طرفن ژوّن!
پرتھے چھُ پرتھے ژندرم ران
شِو شِو شمبھو ہے بھگوان

پرتھے ہر سُو دِنھ پرتوَ!
پرتھے ایشر پرتھے شوَ!
پرتھے شِو رام پریم چھاوان
شِو شِو شمبھو ہے بھگوان

پرتھے لاگِتھ آمُت رام!
پرتھے سیِتا دَر احکام!
پرتھے شائِل جے ہنو مان!
شِو شِو شمبھو ہے بھگوان

پرتھے ویدانت سَر کرَتی
پرتھے بھگوت گیتا جی!
پرتھے کریا پران ہاوان
شِو شِو شمبھو ہے بھگوان

پرتھے زَف مال بت تنتار
پرتھے مشدر صورت کار
پرتھے پوٗزا کرِ ناوان!
شِوہ شِوہ شمبھو ہے بھگوان

پرتھے خوٗجہ عمہ سولورک
پرتھے ارشاد آس تورُک!
پرتھے شب روز کھونہ للہ واں
شِو شِو شمبھو ہے بھگوان



# جانانِہ ژٸرے جان جان پٸرستان بناٶِتھ

جانانِہ ژٸرے جان جان پٸرِستان بناٶِتھ
دُردان مِرجان لعلِ بدخشان بناٶِتھ

تیٖلہِ ہتِہ بدہن بیمارن اَکھ حکیماہ اوس
اَز اَکِہ دادِکی ساسِہ ٸبدی لُقمان بناٶِتھ

تبلیغ کرِتھ واعظ ٸبرِتھ راز کوڑتھ نوٗن
دیدارِ بایُتھ جابجا اَستان بناٶِتھ

راتِہ کرٸلن راتِہ موغلن دوہلِہ اوٗ ننتھ گاش
کاوِ گاٹلی سارٸی پریشان بناٶِتھ

رازِ ہوٗثزن باحساب موخِتِہ تھووُتھ کھیٗون
شاہ پازن تاٸزی بٸڑ کان بناٶِتھ

شُنیاہن وأراءِ نے آباد کران آکھ
ژھوڑِ پارہِن رنگہِ دیوان خان بناوِتھ

زنڈن زِجِہن بھٹہن بیرن صاف ڈیتھِتھ
کنڈہِن ہتہِ خارن تازِ گلستان بناوِتھ

مُلکہِ پرگنِ گامہِ شہرن پننہِ تجربہ ستی
بور خرن خوش پسند انسان بناوِتھ

دعوتن پیٹھ اورِ یورِ کہن زورِ ڈیتھِتھ ناد
میزمان لوگتھ کیتھِ پاٹھی مہمان بناوِتھ

ظُلمہِ کہن دروازِ نے پیٹھ قُلف تھاوِتھ دِتھ
تکیہ خورن ہیچھِ نے آسمان بناوِتھ

کُہہ کاؤوس تخت طاؤس ایرانکی پاٹھی
زال رُستم سام نریمان بناوِتھ

ہولین ہتہِ گولین سینہِ دارِتھ دوست اقرب ہیتھ
وطنس مشرِ زندہ دِل قربان بناوِتھ

لوٚکچار اٰنِتھ یوٚر فرصت توٚر غارت ہیتھ
ہیتھ کوٚہرہن سٕیتہٕ ڈٔہری جوان بناوِتھ

بوز خوجہ عمہٕ روزٕ ونان خوش چھُ وطن سُون
سانہٕ دِلُک جانِسے پٔرِستان بناوِتھ



# دِل دوٗدُم چانے شرَے دِلدارِ مۍ

دِل دوٗدُم چانے شرَے دِلدارِ مۍ
راہ خطا کیاہ ہچھُم تہٕ وَنتم وارِ مۍ!

دَمبدم کرٕی تھم رِستم غمگین دِس
غم ژٔلن سآری پٔتم غمخوارِ مۍ

آیہٕ دِتھ تھم تیرہا خنجر بٔرِتھ
لاٗیتھم ہرسوٗ دٔرِتھ تلوار مۍ

پیوٗم للہٕ وٗن عشقہٕ آتش کیاہ زبر
گوم زاٗلِتھ نارِ الفاس وارِ مۍ

جا بجا ہم ہا دِرتم وٗذ صوٗرتن!!
کاہنہ اکھاہ وٗچھپے نہٕ ہیوٗ انہارِ مۍ

رَمز گاہ دُنیا تماشہ بے وفا
اَز پیگاہ مَرَتس چھُتنا کاژہ چارِ مۓ

آہ تہ اَفسوس واویلا میثانے حَقَے
کیثاہ کوُرُم حاصِل ئیمۓ سمسارِ مۓ

جلو ہاوِتھ تمبلاوِتھ کوُت ژوُلکھ
سوُر سَپدُم دُورِ رِکہِ آزارِ مۓ

ننی بہ گُڈ ٹھَس مارِکن تی چھا روا
چھُنی نُظر گرزاژہ دِژِتھ دوبارِ مۓ

دژاو اُلفت اَز حقیقت گر سَرے
آو فرمان خودِ تیے دربارِ مۓ

سوز عشقُن سو یوری خوجہ عمہ پَران
بوز ہَر دم روز شب چھُم کارِ مۓ





شاعرِ نامی گرامی خواجہ احمد اللہ شوپوری

موسوم پہ خواجہ عمہ تخلص اُلفت کاشمیری